# دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

کأشُر
اُٹھم جماژ
گوڈنیُک پوٗنٹ

"دُعا"

سوال نمبرا۔ لفظ معنی جملہٕ

| لفظ | معنی | جملہٕ |
|---|---|---|
| ہمالس | ہمالیہ بالس | کوہ ہمالہ چھُ سبٹھاہ تھوٚد |
| قُلزُم | اکہِ سمندرک ناو | قُلزُم چھُ اکھ بوٚڈ سمندر |
| گُل ہاے تر | تازٕ پوش | مےٚ وُچھ باغس منٛز گُل ہاے تر |
| شوزر | رلہٕ ورأے | میون دِل چھُ شوزرس پٹھ۔ |
| منحصر | أخر | سُورے دارمدار چھُ خوداِیس پٹھ |
| ڈٕے | مہربان | خداگژھِ ڈٕے روزُن |

سوال نمبر۲:۔ جواب لیکھو:

ا۔ شأعر کتھِ بہارِ خأطرِ چھُ دُعا منگان؟

ج۔ شأعر چھُ سونتُک بہار قأیم تھاونہٕ خأطرِ دُعامنگان۔

۲۔ پوٗنژمس شعرس منٛز کتھ کردارِ خأطرِ چھُ دُعا منگنہٕ آمُت؟

ج۔ پوٗنژمس شعرس منٛز چھُ شوزرس تہٕ صداقس خأطر دُعا منگنہٕ آمُت۔

۳۔ دُعا منگن وول کیُتھ سبز تہٕ تھزر چھُ منگان؟

ج۔ دُعا منگن وول چھُ ہمالہ پہاڑُک تھزر تہٕ قُلزُم سمندرک سبز منگان۔

"دبدرأنی"

سوال نمبرا:۔ لفظ تہٕ معنی on book

سوال نمبر۲:۔ جواب لیکھو:

ا۔ رازٕ کھیم گُپتس کُس بوٚڈ ڈعأب اوس؟

ج۔ رازٕ کھیم گُپتس اوس بوٚڈ ڈعأب زِ سُہ اوس کتھن واش کڈنے تمن پٹھ عمل کران۔

۲۔ رازٕ کھیم گُپت کمہِ بمارِ تٕکی موٗد؟

ج۔ رازٕ کھیم گُپت موٗ دھولہِ ہج بمارِ تٕکی۔

۳۔ دبدرانہِ کیازِ پیوٚو حکوٗمتُک کأم کارِ پانہٕ چلاوُن؟

ج۔ دبدرانہِ پیوٚو واو، کٔزِ حکوٗمتُک کأم کار پانہٕ چلاوُن تِکیازِ تٔمی سُند نیچُو اوس نابالغ۔

۴۔ دبدرانہٕ کیا کوٚر حکوٗمت بچاوَنہٕ خاطرٕ؟

ج۔ تمۍ کر چالاکی تہٕ بہادُری سٟتۍ موٗرن فسادبن کلہٕ۔

۵۔ آخری وٲری بن منز کمہٕ پرٕژ کامہٕ کرٕ دبدرانہٕ؟

ج۔ آخری وٲری بن منز کٔرۍ تمۍ مذہبی کامہٕ تہٕ بنیہٕ بناوٕنۍ واریاہ مندر۔

۶۔ دبدرانہٕ کُس تہٕ کتھ کٕنۍ ژور پٔتن ولی عہد؟

ج۔ دبدرانہٕ ژور پٔتن اکھ باپوتھر سنگرام راج ولی عہد۔ امہٕ خاطرٕ اَنۍ تمہٕ پٔنٕنۍ باپوتھر تہٕ چھکرِن تمن بروٗنٹھ کنہٕ ژٕنٛڈھۍ۔ باقی باپوتھر لگۍ ژٕنٛڈن پتھ پانہٕ وٲنۍ جھگڑ کرنہٕ یِیلہٕ زن سنگرام راج اتھ بجایہٕ ژٕنٛڈھۍ سوٗمبراونس کُن لوٗگ۔ دبدرانہٕ باسیوو اَمس منز عقل تہٕ تمہٕ ژور سُہ ولی عہد۔

سوال نمبر۳ محاورٕ معنی تہٕ جُملہٕ

| محاورٕ | معنی | جملہ |
|---|---|---|
| ۱۔ لور آسُن | کُنہٕ چیزُک عادی آسُن | ایماندار شخص چھُنہٕ رشوتس لور آسان |
| ۲۔ سونہٕ ساوٕی کرُن | مالامال کرُن | بادشاہن کوٚر فقیرٕ سونہٕ ساوٕی |
| ۳۔ کانٛزس لگرٕ پھٹٕنۍ | اختلاف گژھُن | رشیدس تہٕ بشیرس پھٹ کانٛزس لگر۔ |
| ۴۔ ییل اُنٕن | پریشان کرُن | کمین شُرۍ یاوس ووستاد ییل اوٗنمت۔ |
| ۵۔ کن برٕنۍ | منافقت کرُن | بشیرس چھ کٕنۍ تام کن برٕنۍ متۍ |
| ۶۔ کانہٕ کٕنٛزِل روزُن | عداوت روزُن | زیدس روٗد مرنس تام پننہٕ نبن دُشمنن ہُنٛد کانہٕ کٕنٛزِل۔ |
| ۷۔ کاڈبن سرٕ گژھُن | شرارت کھسُن | ژٕ نۍ چھۍ کاڈبن سرٕ سرٕ گژھان۔ |
| ۸۔ زسمہٕ بیہناوُنہٕ | ناکار بناوُن | رشیدن چھےٚ سایکلس زسمہٕ بیہنامژ۔ |
| ۹۔ اَچھ منز کٕٹھر | سخت کھرُن | مےٚ چھ بد اخلاق لکھ اَچھ منز کٕٹھر باسان۔ |

سوال نمبر۴: خٲلی جایہٕ پُر کٔرِو:

۱۔ سُہ آو تم آیہٕ۔ ۲۔ ہُہ آو ہُم آیہٕ۔

۳۔ مےٚ کھیوٚو بتہٕ اَسہِ کھیوٚو بتہٕ

# دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

سوال نمبر۵: کانُبل چھے جگرِ چ بمارِی یتھے پأٹھی پرِ وِ خأ لی جایہ:

ا۔ اتم روز چھے اندرمن ہنز بمأری۔ ۲۔ میونْد چھے زمہِ ہنز بمأری۔

۳۔ ژأس چھے سینْچ بمأری۔ ۴۔ سِلہ چھے شوٗشُچ بمأری۔

۵۔ انیُو چھے اُچھن ہنز بمأری۔

سوال نمبر۶: نرناوتین بناوِ و مادِ ناوِ تی:

| نرناوت | مادِ ناوٗت | نرناوت | مادِ ناوٗت |
|---|---|---|---|
| شال | شأج | کرال | کرأج |
| کاندر | کاندرینز | زامتر | کوٗر |
| بٹخ | بٹچ | کوکر | کوکر |
| پٹھان | پٹھانٔز | راز | رأنی |
| مہراز | مہرینز | نوکر | نوکرأنی |
| سِکھ | سکھیأنی | خاندار | خاندارینز |
| موقدم | موقدم بایے | ژھاوٗل | ژھاوج |
| بُڈ ب | نانِز | پوتر | پنژ |
| ماسو | ماس | گُوٗل | گج |
| سال | سأج | گُجر | گُجرأنی |
| لوکٹ | لوکٹ | سوٗن | سوٗنہن |
| گریٹہ وول | گریٹہ واجین | بادشاہ | بادشاہ بایے |
| مام | مامیٔز | گوکل | گوکج |
| ہوٗل | ہج | | |

سوال نمبر۷: مِثال وُچھتھ کرِ و یوٗنہ کنہِ درج ناوِ تی یتھہ پأٹھی جُملن منز استعمال یتھ فکرِ ترِ زِ کُس ناوٗت چھ مادِ تہٕ کُس چھ نرٕ معنیَس منز ورتاونہ یوان:

| | | | |
|---|---|---|---|
| ا | کُکل | کُکِل چھے ٹھوٗلن پیٹھ بہتھ | مادِ ناوٗت |
| ۲ | ٹھوٗل | ٹھوٗلس منز چھ واریاہ وٹامن موجوٗد | نرناوٗت |
| ۳ | نوٗٹ | آبہٕ نوٗٹ چھ برِتھ | نرناوٗت |
| ۴ | ناگ | نِلہٕ ناگ چھ یوسمرگہٕ نزدیک | نرناوٗت |

# دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

| | | | |
|---|---|---|---|
| ۵ | ژۆنٹھ | ژۆنٹھ چھُ ووزُل | نَر ناوُت |
| ٦ | أر | أر چھُ ژۆک | نَر ناوُت |
| ۷ | ووُر | ووُر چھُ آبس منز روزان | نَر ناوُت |
| ۸ | رۆد | رۆد چھُ راتہٕ پیٹھ پیوان | نَر ناوُت |
| ۹ | ہاکھ | ہاکھ چھُ کٲشِرِ ہُند عام سِیُن | نَر ناوُت |
| ۱۰ | وَن | یارِ وَن چھُ سبزا سبز | نَر ناوُت |
| ۱۱ | ہولہٕ بَج | ہولہٕ بَج چھےٚ اکھ بمأری | مادِ ناوُت |
| ۱۲ | کِتاب | کِتاب گژھہِ پرٕنی | مادِ ناوُت |
| ۱۳ | نۆل | نۆل چھُ مۆ دمُت | نَر ناوُت |
| ۱۴ | وأر | اَسہِ چھےٚ وأر مکانس ستی | مادِ ناوُت |
| ۱۵ | ژونگ | ژونگ چھُ وُنہِ دزان | نَر ناوُت |

**یونٹ ۶**

کشمیری اَن پوشہِ تیٚلہِ ییٚلہِ وَن پوشہِ

جمأژ: اوٗٹھم

سوال نمبرا:On Book

سوال نمبر۲: جواب لیٚکھو:

ا۔ وَنو منز چھِ وار یاہ فأیدٕ دنہٕ وألی چیز حأصل سپدان مثلن تعمیرأتی لکٕر، زالنہٕ خأطرٕ زیُن، ربر، کاغذ، جٔڑی بوٗٹہِ تہٕ چاروا ین ہٕنٛدِ خأطرٕ گاسہٕ بیترٕ

۲۔ پأداوار دِنہٕ والہِ زمینگ پیٛٹھم تہہ چُھ اِو موکھ بچاوُن ضروری تکیٚازِ اتھ منز چُھ بیول زیٚو راونچ تہٕ فصل ووپداونچ جان صلاحیت آسان۔

۳۔ پأداوار دِنہٕ والہِ زمینگ پیٛٹھم تہہ رُڈٕ گوٗھنہٕ نِشہِ بچاونہٕ خأطرٕ پزن اَسہِ کُلی رُونی، ہر گاہ زمین وسہٕ وُن آسہِ اتھ پزن ہیر تہٕ دنہٕ۔

۴۔ وَنن ہٕنٛدی گنٛزتہٕ باڈو دارکُلی چھِ روٗدٕ شرٕ لنہٕ پانس پیٹھ رٹان تہٕ وارٕ وارٕ زمینس پیٹھ ترٕ اوان ۔زمینس پیٹھ وٚستھ چھِ یمن کُلن ہٕنٛدی موٗل اتھ وارٕ وارٕ پکنہٕ خأطرٕ مجبوٗر کران تہٕ وارٕ وارٕ پکنہٕ سٟتی چُھ رُدووُنی زمینس منز شرٕ وپان۔ییٚمہٕ سٟتی سُہلا ٹیک زور کم چُھ گوٗھان۔

۵۔ سبز پنہٕ وٚتھرن چھِ اِوکٕنی نوزُک لیبارٹری وَنان تکیٚازِ یم چھِ کاربن ڈائیکسایڈ پانس اندر شرٕ وپراوان تہٕ آکسیجن واپس ترٕ اوان۔یُس زُوزأژن ہنٛدِ زِندٕ روزنہٕ باپتھ ضروٗری چُھ۔

۶۔ اگر وَنن منز سأری کُلی ژٹنہٕ یِن ماحولک توازُن ڈلہِ تہٕ سُہلا ٹیک خطرٕ بڈٕ۔زرخیز تہہ گوٗھِ ختم تہٕ زمینگ حُسن راوِ تہٕ اولوٗدگی ہُرٕ۔

سوال۳: ضرؤری کیاژِچھ :

۱۔ **وَنن ہنزرا چھ کرِنی :۔** وَنن ہنزرأ چھ کرِنی چھ اوٚ کنِہ ضروری تکیاژِ وَن چُھ ضروریاتِ زندگی ہنٛدی واریاہ اہم چیز فراہم کران۔

۲۔ **زیادِ کھوتہٕ زیادِ کُلو نو راوٕنی :** زیادِ کھوتہٕ زیادِ کُلی نو راوٕنی چھِ ضروری تِکیاژِ یم چھِ صاف ہوا فراہم کران تہٕ ماحول ڈٔنجہِ رٹان۔

۳۔ **ماحول صاف تھاوُن:** ماحول صاف تھاوُن چُھ صحت مند زندگی ہٕنٛدِ خاطرِ ضرؤری۔ یہِ چُھ بیمارِ کاپہٕ رٹنس منٛز مدد کران تہٕ جان مقدارس منٛز فصل بٔنہٕ خاطرِ تہٕ چھِ یہ اہم۔

سوال۴: **وَنو مے گرِو:**

۱۔ وَن چُھ تہٕ ان چُھ :۔ یٚلہِ کُلی کٹٕ چھِ تیٚلہِ چھِ أسی تہِ تِکیاژِ کُلی چھِ اکہ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ اَسہِ تہِ سوُرے کینٛہہ فراہم کران یہِ سانہِ زٕندٕ روزنہٕ باپتھ ضرؤری چُھ۔

۲۔ **وَن چُھ جاناوارن ہنٛد مالُن:** جنگلس منٛز چھِ جاناوار بے والیہِ پھیران تہٕ عأش کران۔

۳۔ **وَن چُھ پٔشن ہنٛز چمن جاے:** پٔش چھِ وَنن منٛز پننٛی زندگی گذران۔ کھٔن چٔن چھِ أتی حأصل کران تہٕ روٗدِ تاپہٕ نِش تہٕ چھِ أتی بچان۔

سوال۵: On Book

سوال۶: //

سوال۷: //

الف خألی جایہِ بٔرو:

۱۔ مےٚ

۲۔ ژٕےٚ

۳۔ تُمی

۴۔ أسی

۵۔ تُمی

۶۔ مےٗ

ب) خاٗلی جایہِ بُرِو:

۱۔ چاٗنی

۲۔ ہہ

۳۔ ہُم

۴۔ میاٗنی

۵۔ یم

۶۔ سو

ج) خاٗلی جایہِ بُرِو:

۱۔ تم

۲۔ پڑٕتھ

۳۔ کاٗنسہِ

۴۔ کانٛہہا

۵۔ کِتیاہ

۶۔ ءکتی

سوال ۷: داہڑ پتہِ تہنز وضاحت:

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | اُچھودۄ ردِلہٕ دۄر | یُس نظرونشہِ دۄر آسہِ سُہ چُھ کہِ یادروزان۔ |
| ۲۔ | اَسونے تہٕ لَسوکتہِ | زندگی گذارنہٕ خاطرٕ چُھ اَسُن ضرۄری۔ |
| ۳۔ | اَتھواس چُھ موہرٕ ساس | رٕلتھ مِلتھ تہٕ یکوٹہٕ پکنس چُھ سٕٹھاہ فأیدٕ |
| ۴۔ | بأزی گارس بأزی گرس | یُس کأنسہِ دوکھ دِیہِ تَس چُھ آخر پانسے دوکھٕ لگان۔ |
| ۵۔ | پۆز چُھ شمع | پۆز چُھ ہمیشہ زینان تہٕ گٹہِ منز گاش ہاوان۔ |
| ۶۔ | جوشہِ وِزِ گژھِ ہوش تھاوُن | شرارتہٕ وِزِ گژھِ پانس پٹھ کنٹرول کرُن۔ |
| ۷۔ | یُس کرِ حرکت تَس بنہِ برکت | یُس کأنہہ کأم کرِ تہٕ بے کار روزِنہٕ سُہ چُھ ترقی کران۔ |
| ۸۔ | سَمتھ گے ہمتھ | اتفاقس منز چُھ طاقت۔ |
| ۹۔ | نارٕ وِزِ کیۆر کھنُن | لڑأی ٹلناوِنی |
| ۱۰۔ | گرٚ یکہِ وِزِ نۆن ترٚاوُن | کامہِ وِزِ تیأری کرٕنی۔ |

## اولادگی

سوال ۱: On Book

سوال ۲: جواب لیکھِو:

۱۔ کربکہٕ ناد چُھ اوے مضر تکیازِ اَمہِ سٟتی چُھ کنہٕ بَلس تہٕ دِل چہِ دُبرلیہِ پٹھ ناکارٕ اثر پیوان۔

۲۔ گاڑہِن، جہازن، کارخانن منز مشینن ہٕندِ چلنہٕ سٟتی تہٕ ریڈیو، ٹیلی ویژن تہٕ ٹیپ رکارڈن ہٕندِ زورٕ بجنہٕ سٟتی چُھ شورس منز ہُر برسپدان۔

۳۔ گاڑ ین ،ریلن تہٕ کارخانن منز پأدٕ گژھن وول دٕ ہہ چھُ ہوٚہس اولوٗدٕ کران۔

۴۔ انسان ہنٛدِ ذٔسی ژھوٚٹھ، گنٛد تہٕ غلاظتھ کولن تہٕ ڈری یاوَن منز دأرِتھ دِنہٕ ستی تہٕ بیٛیہٕ گروتہٕ ہسپتالومنز نیرن والہِ بدرو ستی چھُ آب اولوٗدٕ گژھان۔

۵۔ اولوٗدگی کم کرنہٕ خأطرٕ پزٕ اَسہِ پٔزن اوٚ ندپوٚک صاف تھاوٕن،ژھوٚٹھ تہٕ لژھ، پلاسٹِک چیز تہٕ موم جامہٕ،گرن ہُنٛد بدروگژھِنہٕ کولن منز دأرِتھ دیُن۔تِم چیز گژھن زمینس تَل دہ براوٕنی یِم ہوٚ ژتھ ہیکن ریڈیو تہٕ ٹیلی وِجن گژھن نہٕ بڑٕ بڑٕ بوزٕنی۔

سوال۳: **لفظ** **ضد** **جملہ**

| | لفظ | ضد | جملہ |
|---|---|---|---|
| ا۔ | توٗلہِ مُت | اتوٗل | توٗلمُت توٗمُل دِیُشہرس۔ |
| ۲۔ | شوٚد | اشوٚد | یہٕ دود چھُ شوٚد۔ |
| ۳۔ | زامُت | اوم | زامُت دود اَن مٔلی۔ |
| ۴۔ | چھاوٕ آمُت | اچھوو | بتہٕ چھُ چھاوٕ آمُت۔ |
| ۵ | پُرٕ ینہٕ | جأہِل | جأہل چھُ ہمیشہ ناکام گژھان۔ |

سوال۴: دِنہٕ آمتیٚ اِشارٕ ناوتیو ستی بُروخألی جایہ۔

ا۔سہٕ ۲۔گٔمس ۳۔پرٕ بتھ کانٛہہ ۴۔ یٔمس ،سہٕ ۵۔ ہر کانٛہہ ،اوس،یُس

۶۔پرٕ بتھ کأنسہِ ۷۔یِم ،سأنی

سوال۵: آب کیاز گژھِ صاف آسُن؟

جواب ا۔ آب گژھِ صاف آسُن تکیاز آب چھُ انسان ہنٛدِ زِندٕ روزنہٕ خأطرٕ ضروٗری۔

۲۔ صاف آب چینہٕ ستی چھِ کانٛہہ ہشہِ خطرناک بیمارِ نشہِ بچتھ ہیکان۔

۳۔ آب چھِ أسی رٔنہٕ پاکنہٕ خأطرٕ استعمال کران۔

۴۔ آبہٕ ستی چھہِ أسی پلو چھلان۔

۵۔ آبہٕ ستی چھہِ أسی سبزی تہٕ میوٕ صاف کران۔

۶۔ آبہٕ ستی چھہِ أسی سران کران۔

۷۔ آب چھہِ سأنی پالتو جانورتہٕ جاناوارتہٕ چوان۔

سوال۲: ہوا کیاّزِ گژھہِ صاف آسُن؟

جواب ہوا گژھہِ صاف آسُن تِکیاّزِ ہوا چُھ سانہِ زِندٕ روزنہٕ خأطرٕ ضروٗری۔

۲۔ صاف ہواہ ستی چھہِ أسی سینہٕ چہٕ بمارِنش بچتھ ہبکان۔

۳۔ صاف ہواہ ستی چُھ انسان تازٕ روزان۔

۴۔ یہٕ چُھ بمار کاپہٕ رٹنس منز مدد کران۔

۵۔ صاف ہوا چھُ جان فصل بننس منز تہٕ مدد کران۔

۶۔ صاف ہوٕس منز سأل کرنس چُھ مزٕ یوان۔

۷۔ کٔشیرِ چُھ صاف ہوا توے چھہِ یور سأٖلأنی یوان۔

سوال۶: کراوٗت: کراوٗت چُھ فعل یا verb لفظُک کأشُر ناو۔

بوٗنہٕ کنہِ دِنہٕ آمتو جملو منز ژآرِو کراوٗتی:

۱۔ اولٕۂ دگی چھے ہُران۔(ہُران)

۲۔ مامہٕ راج چُھ کِتاب پران۔(پران)

۳۔ مےٚ کوٚر بأتھ یاد۔(کوٚر)

۴۔ أسی گژھو کالہِ کھتھ ماتامال۔(گژھو)

۵۔ سُہ واتہِ سُلی۔(واتہِ)

# لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

۶۔ شُری چھِ گنداں۔(گنداں)

سوال ۷: خأ لی جایہِ پُر ؤو:

۱۔ اولٔوِ + گی = اولٔوِ گی

۲۔ یاوِ + گی = یاوِ گی

۳۔ ساوِ + گی = ساوِ گی

۴۔ تاژِ + گی = تاژِ گی

۵۔ واژِ + گی = واژِ گی

۶۔ سرِ + گی = سرِ گی

۶۔ شُری چھِ گنٛدان۔(گِنٛدان)

سوال ۷:خاًلی جایہِ پُر وِو:

۱۔ اولٕوٕد + گی = اولٕوٕدگی

۲۔ یاوٕ + گی = یاوٕگی

۳۔ ساد + گی = سادٕگی

۴۔ تازٕ + گی = تازٕگی

۵۔ وازٕ + گی = وازٕگی

۶۔ سرٕ + گی = سرٕگی

## جُزم اکھ:

## "مان سَر"

سوال۱: On Book

سوال۲: جواب لیکھو

۱۔ مان سَر چُھ جیٛمی شہر پیٹھ ۵۹ کلومیٹر دوٗر۔

۲۔ پتھ کالہٕ چُھ اتھ علاقس نیل پوٗرناوسُمت۔

۳۔ مان سَر چُھ ہندو مذہب کہ عقیدٕ مطاًبق واریاہ مذہبی اہمیت تھاوان۔اتھ سَرس أندی پکھی چُھ کینٛہہ پرأنی مندرتہٕ اتہٕ چُھ بوٚڈ ڈماًلہٕ لگان۔عقیدت منٛد چھِ نژان، کھوان، گِنٛدان تہٕ پوٗزا کران۔سَرس أنٛدی أندی پکن چُھ تازٕ کھانٛدرٕ والین ہٕنٛدِ خاًطرٕ رُت شگون مانٛنہٕ یوان۔

۴۔ مِنٛہِ مرٕہن ہٕنٛدِس پناہ گاہس منٛز چھِ مور، تیٖتر تہٕ باقٕے جنگلی جاناوار تہٕ رچھنہٕ یوان۔

سوال۳: ''باوُت''صِفت Adjective

بوتۂِ کنہِ دتہِ آمتوِ لفظومنز ژاأ رِو باوِ تی :

| باوِتی | الفاظ | باوِتی | الفاظ |
|---|---|---|---|
| پُرسکون | پُرسکون جاے | مأری موٗنڈ | مأری موٗنڈ سَر |
| سدابہار | سدابہار گُلو | گاٹلو | گاٹلو ژوٗر |
| جان | جان لُڑکہِ | منحوٗش | منحوٗش شکل |

سوال۴: نوٚمن لفظن دِیو مُتھا دلِفظ

| ضد | لفظ | ضد | لفظ |
|---|---|---|---|
| کم | زیادٕ | ژھوٚٹ | زیوٗٹھ |
| ہمیشہِ | گژھے | موٚکُر | شوٗژ |
| | | راتَس | دوہس |

سوال۵: خألی جایہِ بُرِو:

ا۔ نِکھے ۲۔ لتہِ نیران

۳۔ گوٗان، پوٗزا ۴۔ سَر

# ''ریٚنہٕ''

سوال۱: On Book

سوال۲: جواب لیکھو :

۱۔ سوٗنتہٕ ییٚلہِ روٗدٕستی زمین نرمیوتہٕ ریٚین لٕج بُرا ے۔

۲۔ بجہِ ریٚنہِ آسہٕ گوٚبِ گوٚبِ قدم ترأوِتھ تہٕ مٔنزی مٔنزی پکھن واش کڈان کڈان کوٚت تام گژھان۔

۳۔ بلۍ بچُر اوس اِ موکھہِ وہ ٕلسنس آمُت تِکیاز ِتٕمی آسہٕ بجہِ ریٚنہِ پکان وُچھمٕژ سُہ اوس تٕمن پٕتھ شکار بناوُن یژھان۔

۴۔ نِچہِ ریٚنہِ آسہٕ ہن یہِ سوچان زٕنتہٕ أسی دایہِ چھےٚ۔

سوال ''ریٚنہٕ'' افسانس منٛز چھِ ترٛیہِ قسمٕکی کردار:

۱۔ **بجہ ریٚنہ:** بجہِ ریٚنہِ آسہٕ سفید پکھہٕ کٔرِتھ سأئس دژ اہٕژ۔ تٕم آسہٕ گوٚبٕ پری تراوان تہٕ مٔنزی مٔنزی أسی کاڈ کڈان۔ تٕم آسہٕ پٔنٕنہِ آسنُک جشنہٕ مناوان۔

۲۔ **نچہ ریٚنہ:** نِچہِ ریٚنہِ آسہٕ زن تہٕ دایہِ تِتھی پأٹھی آسہٕ بجن ریٚنین أندی أندی گتہٕ گیوٗرکران۔

۳۔ **بلۍ بچُر:** بلۍ بچُر اوس ہمیشہٕ شکار کٔرِتھ وہ ٕلسنس یوان۔

سوال۵: افسانس چھِ انگریزی پأٹھی شارٹ سٹوری یعنی لوٚکٹ ڈلیل ونان۔ اتھ منٛز چھِ اکثر ِکردار کٕمے آسان تہٕ واقعات تہٕ ژھوٚٹی آسان۔ افسانس منٛز چھُ ِکردارسُند کانٛہہ خاص پہلو مختصر پأٹھی پیش سپدان تہٕ عام پأٹھی أکی ہے کردارس پٕٹھ توجہ سمان۔

سوال۶: امہِ افسانٕک مرکزی خیال چُھ یہِ زِ کأنسہِ تہٕ زٕ زأ ژ پزِ پیٚنس حدس منٛز رٕو زِتھ زندگی گُذارٕنۍ حدٕ ڈلُن گوٚ وزٕ خطرس منٛز ترٛاوُن۔توے چھِ ونان ریٚیہ ہُنٛد موت چُھ ریٚیہ ہٕنٛزن پکھن منٛز۔تکیاٚ زِ ییٚلہِ أمِس پکھ چھےٚ یوان سوٚ چھےٚ پنُن اول ترأوِتھ وُڈوکرنہِ لگان پیٚتہِ تَس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ جاناوار کھوان چُھ۔

سوال۷: اختر محی الدین صأب چُھ کأشِر زبانۍ ہُنٛد اکھ ناموار افسانہٕ نگار۔أمی چھےٚ کأشِر زبأنۍ ہنٛز گوڈنِچ ناول ''دود تہٕ دگ'' لیٚچھمٕژ۔أمی چھِ کیٛنٛہہ ڈرامہ تہٕ لیٚکھی مٕتۍ۔سُہ زاو۱۹۲۸ منٛز تہٕ گُذریو۲۲مئی۲۰۰۱ عیسوی منٛز۔أمِس چھِ کلچرل اکیڈیمی تہٕ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈ تہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔

## ریڈکرٛاس سوسایٹی

سوال۱: اٹلی تہٕ آسٹریاہس درمیان یُس جنگ سپُد سُہ وُچھتھ کیازِ گوٚ وہینری ڈونانٹ دوکھہٕ زد؟

جواب: اٹلی تہٕ آسٹریاہس درمیان یُس جنگ سپُد سُہ وُچھتھ گوٚ وہینری ڈونانٹ اوٕ موکھہٕ دوکھزدٕ تہٕ کیاٚزِ تتہِ آسہٕ اکہٕ طرفہٕ ساسہٕ وادٕ لاشہِ پتھر تہٕ بیٚیہ پاسہٕ آسہٕ چھوکہِ لدن ہٕنٛز کربٕہ کٔنۍ گرٛ ھان تہٕ منظر اوس سٔخٕٹھاہ دردناک۔

سوال۲: ہینری ڈوناٹن کیا اپیل کٔر پنٛنہِ کتابہِ منٛز؟

جواب: ہینری ڈوناٹن کٔر پنٛنہِ کتابہِ منٛز یہٕ اپیل لٔوکن زِ جنگن دوران یِم سیاہ چھوکہٕ لدآسن گرٛھان تِہنٛدِ راحت خأطرٕ گژھِ اکھ رضاکار تنظیم آسٕنۍ۔

سوال۳: عالمی ریڈکرٛاس سوسایٹی کر آیہ وجوٗدس منٛز؟

جواب: عالمی ریڈکرٛاس سوسایٹی آیہ۱۸۶۳عیسوی یس منٛز وجودس۔

سوال۴: عالمی ریڈکراس سوسایٹی ہُنٛد مۆلہٕ مقصد کیا اوس؟

جواب: عالمی ریڈکرٛاس سوسایٹی ہُنٛد بُنٛیاد ی مقصد اوس جنگس منٛز سپدن واجنہِ بُربأدی ہُنٛد مقابلہٕ کرُن تہٕ اتھہٕ ستی وجارٕ گأمتین لۆکن ہنٛزٕ نۆسرٕ بحألی تہٕ بجأیی خأطرٕ انتظام کرُن۔

سوال۵: وونی کمہٕ کمہٕ کامہِ چھےٚ یہٕ تنظیم کران؟

جواب: یہٕ تنظیم چھےٚ وونی محتاجن، غریبن، تہٕ جسمأنی لحاظہٕ ناکارٕ لۆکن تہِ مدد کران۔ ناگہأنی آفژن منٛز ہہنہٕ یِنہٕ والین ہنٛدِ بحألی تہٕ بجأیی باپتھ تہِ چھےٚ کأم کران۔

سوال٦: ہندوستانس منٛز کرٛ آیہ ریڈکراس سوسایٹی قأیم کرنہٕ؟

جواب: ہندوستانس منٛز آیہِ ریڈکراس سوسایٹی ۱۹۲۰ منٛز قأیم کرنہٕ۔

سوال ۷: سأنس ریاستس منٛز کرٛ آیہ ریڈکراس سوسایٹی وجوٗد س؟

جواب: سأنس ریاست جموں وکشمیرس منٛز آیہِ ۱۹۴۷ منٛز ریڈکراس سوسایٹی وجودس۔

سوال ۸: ریڈکراس سوسایٹی ہنٛدی بنیأدی اصوٗل لیکھِو؟

جواب: ریڈکراس سوسایٹی ہنٛدی کینٛہہ بُنیأدی اصول چھِ:

ا۔ اِنسانی قدرن رأچھ کرٕنی۔

۲۔ عالمی سوتھرس پٹھ تمام لۆکن منٛز بایےٚ بنٛدُت پأدکرُن۔

۳۔ انسانن ہنٛدی دوکھ دأدی کم کرٕنی۔

۴۔ مذہب، ذات تہٕ سیاست کس ناوس پٹھ انسانن درمیان بیٚن نہٕ ورتاوُن۔

سوال۹: سأنس ریاستس منٛز کمہٕ کمہٕ خاص کامہِ چھےٚ ازتام ریڈکراس سوسایٹی کرٕمٕژ؟

جواب: سائنس ریاستس منز چھےٚ ریڈکراس سوسایٹی از تام نومہِ کینٛہہ خاص کامہِ کرِمژ۔ افروری ۲۰۰۵ء منز والٹینگ قاضی گنڈس منز شینہٕ طوٗ فانہٕ ءستی اثر زدن ہُنٛد امداد۔۲/۸/۱ اکتوبر ۲۰۰۵ء منز آمتہِ بُنلہِ ءستی بے گرن تہٕ چھوکہٕ لدن ہنٛز بحاٗلی تہٕ بحاٗیِلی خاٗطرٕ کاٗم۔ژارِ شریف رکِس نارٕ وآری داتس تہٕ جواہرٹنلہِ پٔٹھ پسہِ وٗستھ ینہٕ رکِس سنگین حاٗدِثس دوران مصیبت زدن ہُنٛد مدد۔

سوال۱۰: ہیڈ ماسٹر صاٗبنہِ ناوٕ لیکھو درخاص یتھ منز سولس منز بچن ہنٛز اکھ ریڈکراس کمیٹی قاٗیم کرنُک اجازت منگنہٕ ییہٕ

بخدمت جنابہ ہیڈ ماسٹر صاٗب، دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن سکول کنہِ تارصدرہ بل سرینگر۔

جنابِ عاٗلی!

گذاٗرِش حض چھےٚ یہِ زِ اَسہِ دِژ از پٔنٛنی ماسٹر جی ین ریڈکراس سوسایٹی ہنٛز اہمیت تہٕ کامہِ کارس متعلق زانکاٗری۔ یہِ بوٗزتھ سپدی أسی سخٹھاہ متاٗثر تہٕ کوٚر یہِ فاٗصلہٕ زِ أسی کرو پنٛنس سکوٗلس منز بچن ہنٛز اکھ ریڈکراس سوساےٹی قاٗیم۔ امہِ کمیٹی ءستی ہکو کٔرِتھ مصیبتس منز ہیٛنہٕ آمتین مُفلِس تہٕ کمزور بچن ہنٛز بحاٗیِلی خاٗطرٕ کاٗم۔

وومید چھےٚ تُہی دِیوٗ اَسہِ سکولس منز یہِ کمیٹی قاٗیم کرنُک اجازت۔

تُہٕنٛدی تابعدار

طالب علم اٗٹھم جماعت

تاریخ ۱۴/مئی ۲۰۱۹ء

سوال۴:خأ لی جایہِ پُر وِو:

دود، دأ دی، داد ہن، بۭٹیُل، بۭنلی، بۭنلہِن، بوے، بأے، باین

| | | |
|---|---|---|
| مول | مأ لی | مالہِن |
| کۆل | گٲلی | کلہِن |
| گۆل | گٲلی | گلہِن |
| زۆر | ژٲری | زرہن |

سوال۵: خأ لی جایہِ پُر وِو:

ا۔ فروری ۲۰۰۵ ءمنز آ و وأ لٹینگ قأ ضی گنڈس منز شینہٕ طوٗ فان

۲۔ اکتوبر ۲۰۰۵ م منز آ و شمالی کشیر منز وو کھہٕ بۭٹیُل

۳۔ عالمی ریڈکراس سوسایٹی ہُنٛد دفتر چُھ سویزرلینڈ ِکس شہر جینوا منز

۴۔ شُرِ ہن گاٹن دوران گیہِ ژتجی ساس سپاہ چھوکہ لدتہٕ مارِ

۵۔ انسانس پزِ أ ِکس بییٚس اکاربکار یُن ۔

سوال۶ : نومن عنوانن متعلق لیکھو داہ داہ جملہٕ

## ریڈکراس سوسایٹی ہنز کام

ا۔ انسأنی قدرن راچھ کرٕ نی

۲۔ عالمی سۆتھرس پیٹھ تمام لۄکن منز بأ ے بندُ ت پأ دٕ کرُن ۔

۳۔ انسأنی زُوس تہٕ صحتس بچاوتہٕ عزت کرُن ۔

۴۔ انسانن ہنٛدی دوکھ دأ دی کم کرٕ نی ۔

۵۔ مذہب، ذات تہٕ سیاست کس ناوس پیٹھ انسانن درمیان بیٚن نہ ورتاوُ ن ۔

۶۔ مذہبی تۃٖ قومی رواداٗری خاٗطرٖ کاٗم کرٖنی ۔

۷۔ محتاجن تۃٖ غریبن مدد کرُن ۔

۸۔ جسمس منٛز کاثھہ نوقص آسن والہٖن مدد کرُن ۔

۹۔ بلڈ بنک قاٗیم کرٖنی ۔

۱۰۔ پرٛتھ امداٗدی کامہِ منٛز غاٗرجاٗنبداری ورتاوٕنی ۔

## "میون دوس"

۱۔ مےٛ چھِ واریاہ دوس مگر رفیق چھُ مےٛ خاص دوس

۲۔ میٛون دوس چھُ اکھ شریف انسان ۔

۳۔ سُہ چھُ صبحس وٕتھِتھ اتھٕ بُتھ چھٲلِتھ نماز پران ۔

۴۔ سُہ چھُ پرٛتھ دوہہ سکول وقتس پیٹھ واتان ۔

۵۔ سکولس منٛز چھُ سُہ پٔننِہ زٔژھصلٔژ کنٛی سارِنے ٹوٹھ ۔

۶۔ سُہ چھُ کرکٹ تۃٖ والی بال گِندُن پسند کران ۔

۷۔ سُہ چھُ کلاسس منٛز پرٛتھ وٕری یِہ گوڈنچ پوزیشن حاٗصِل کران ۔

۸۔ سُہ چھُ گرِماٗلس ماجہِ تۃِ کامہِ کارس منٛز مدد کران ۔

۹۔ سُہ چھُ زٔژرٔژ کتھٕ ونان آسان ۔

۱۰۔ میاٗنس دوستس چھُ ڈاکٹر بننٕک شوق ۔

# مخدوم صاب رحمتہ اللہ علیہ

س ا: مخدوٗم صأب کتہِ تہٕ کرأ سی زاٮ٘متی ؟

ج: مخدوٗم صأبؒ زایہِ ۹۰۰ ھ منٛز زأنہ گیر علاقہٕ کس تُجر گامس منٛز۔

س ۲: مخدوم صأبنِس لو کچارس متعلق لیکھو پانٛژھ جملہٕ

ج: مخدوٗم صأب چھُ لوکٹہِ پانہٕ پٮ۪ٹھے دیانتدار، پٔزی یورتہٕ نیک اوسمُت۔

تمہِ أسی نہٕ زیادٕ گندٕنس دروکنس لأری۔

تمہِ أسی اکثر تنہا روزان۔

تمِن اوس گُری سوار ہُند سبٹھاہ شوق۔

تموٚ چھُ خانقاہس منٛز قرآن شریف پوٚرمُت۔

س ۳: مخدوٗم صأب کمو ناووٚ ستی چھِ یوان یاد کرنہٕ؟

ج: مخدوٗم صأب چھِ سلطان العارفین، محبوب عالم، مخدوم صأب تہٕ فرزند معنوی رسول اکرم ﷺ ناووٚ ستی یادِ یوان کرنہٕ۔

س ۴: مخدوٗم صأب کیا نصیحت أسی لوٗکن کران؟

ج: مخدوم صأبؒ أسی لوٗکن پزٕ رچہِ وتہِ پٮ۪ٹھ پکنٕچ، خدایہ سٕنٛز عبادت کرنٕچ، بدکامہِ تراونٕچ تہٕ پرٕ ہتھ کأنسہِ ستی رُت ورتاونٕچ نصیحت کران۔

س ۵: مخدوٗم صأبُن استان کتھ جایہِ چھُ تہٕ اتہِ کر چھُ مألہٕ لگان؟

ج: مخدوم صأبُن استان چھُ کوہ مارانس (ہاری پربت) پٮ۪ٹھ اتہِ چھُ پرٕ ہتھ ؤری یہِ شیٚتھوٚ ہی مہِ صفر مألہٕ لگان تہٕ امہِ دوٚہہ چھُ اتہِ یُہند وٚرُس تہِ مناونہٕ یوان۔

س۶: پریتھ موضوعس متعلق لیکھو پانژھ جملہٕ

## "شیخ اسماعیل کبروی سُند خانقاہ"

۱۔ شیخ اسماعیل کبروی سُند درسگاہ چُھ سلطان حسن شاہن تعمیر کوٚر رُمت۔

۲۔ یہٕ خانقاہ چھ اکہِ زمانہٕ سرینگرک مشہور خانقاہ اوسمُت

۳۔ مخدوٗم صأبن چُھ لوکٹہِ اتی پوٚ رمُت

۴۔ فتح اللہ خوش خواں اوس اتہِ اکھ وستاد۔

۵۔ یہٕ خانقاہ اوس اکہِ مذہبی درسگاہٕ ژنگی تہِ استعمال سپدان

## "شمس چکُن خانقاہ"

۱۔ شمس چکُن خانقاہ چُھ شمس چکن تعمیر کوٚر رُمت۔

۲۔ یہٕ خانقاہ اوس سرینگرِ جامع مسجدِ ہِندس احاطس منٛز۔

۳۔ اتھ اوس دارالشفا ناوتھاونہٕ آمُت۔

۴۔ اتہِ اوس اکھ عالی شان کُتب خانہٕ۔

۵۔ اتہِ اوس ووستادن تہٕ طألب علمن ہِند روزنُک رُت انتظام۔

سوال۴: یِم محاورٕ گرِیوٗ کھ جملن منٛز استعمال۔

لوٚب روزُن: بُرکا میونشہِ پڑلوٚب روزُن

لورروزن: پتہٕ گژھ نہٕ أکسے کتھِ لورروزُن

اسمانہٕ پیون: یہِ بوٗ زِتھ پیٚوس بہٕ اسمانہٕ زِسأنی سکولن ہوٗ رمیچ۔

تھدِ تھدِ پرُن: میٚانہِ شرارتہٕ لوگ تمٕی تھدِ تھدِ پرُن۔

لول برُن: اسہِ پڑلوکٹہن شرہن لول برُن۔

سوال۶: یارس لیکھو چِٹھی یتھ منز ٔ تہِ وۄرُسک حال باوُنہٕ آسہِ آمُت یُس توہہِ وُچھمُت آسیو۔

سرینگر

۲۱مئی ۲۰۱۹ء

مِیانہِ ٹاٹھہِ یارٕ بُرہان صأبہِ

السّلام علیکم ورحمتہ اللہ وبرکاتہٗ

وۄمید چھم زِ ژٕ آسکھ صحت وسلامت، بہٕ اوسس راتھ ڈاڈٕ سُر وۄرٕسس گۄمُت۔ اتہِ چُھ پرٛتھ ؤری یہِ مارچ رتس منز وۄرُس لگان۔ مےٚ آواتہِ سٕٹھاہ مزٕ ہ۔اتہِ وُچھ مےٚ زیارت۔ یہِ آستانہٕ چھِ شیخ العالم سٕنٛدِ وقتہٕ بناونہٕ آمُت مألس منز أسی کم کم چیز ٕکنٛی۔ مےٚ أنی ژےٚ خأطرٕ کینٛہہ چیز۔ نوِ ؤری یہِ گژھوٲسی یکوٹہٕ یہِ مألہِ وُچھنہِ وۄمید چھم ژٕ کرکھنہٕ انکار

چون دوست

ا۔ب۔ج

سوال ۷: یمن موضوٗعن پٮ۪ٹھ لیکھو اکھ اکھ پیراگراف

## "حضرت شیخ حمزہ مخدومؒ"

حضرت شیخ حمزہ مخدوٗمؒ کشمیری چھِ کٲشرِ ہنٛدی تھدِ پایکی بُزرگ تہٕ ولی۔ أمی گُذٲرٕ پنٕنۍ سأرٕے وٲنس خداے سٕنٛدِس عبادتس منز۔ یِم أسی لوکچارٕ پٮ۪ٹھے بزرگ تہٕ ولی۔ أمی گُذارٕ پنٕنۍ سأرٕے وٲنس خداے سٕنٛدِس عبادتس منز۔ یِم أسی لوکچارٕ پٮ۪ٹھے پاک دامن تہٕ دیندار۔ أمی سُند بیاکھ ناو چُھ محبوب العالمؒ۔ یہِ اوس ہمیشہٕ لُکن رٕ ژٕ کامہٕ کرنٕچ نصیحت کران۔ یہُنٛد آستان چُھ ازتہٕ پرٛتھ والِہن ہنٛدِ خأطرٕ برٕکٕچ جاے۔ اتہِ چُھ پرٛتھ دۄہہ عقیدت مندن ہُنٛد یُن گژھن جأری۔

# کانٛہہ پٕژاُنۍ مسجد

لیٚہس منٛز موجود جامع مسجد چھےٚ سدأہمہِ صدی عیسوی منٛز تعمیر کرنہٕ آمٕژ ۔ اتھ مسجد چھِ امیر کبیرؒ مسجد ناوٕ لُکھ زانان ۔ طرزِ تعمیر کہ اعتبارٕ چھےٚ یہِ مسجد لدأخ طرزس پیٹھ تعمیر آمٕژ کرنہٕ ۔ اتھ چھُ پٕش سوٚ تُرتہٕ پیٹھ نہٕ چھُس گُنبد تہٕ نہٕ ٹوٗپ ۔

سوال نمبر۹: لکہٕ کتھ کتھ چھ ونان؟

جواب: لکہ کتھ چھےٚ سو کتھ یُس کانٛہہ انسان چُھ گوڈنیتھ کانٛہہ لوٚکٹ بوٚڈ واقعہ بیان کران۔ کانٛہہ خیاٗلی قصہٕ ونان۔ سُے چُھ اکِہ پُیہ پیٹھ بییٚس پُیہ تام زبانٛی زبانٛی واتان روزان تہٕ ستہٕ ستہٕ چُھس ژٹہ واٹھ تہٕ کران۔ یتھ پاٗٹھی چھےٚ یہِ سارنےٚ لوٗکن ہُنز بناوٹہٕ تہٕ ڈٗنی ہُنز کتھ بنان۔ اَتھی چھِ لُکہٕ کتھ ونان۔

# اخبأری رپوٹھ

کأشرِ زبأنی منٛز تہٕ دراے باقٕے زبانٮ۪ن ہنٛدی پأٹھی اخبار اگرچہٕ یُہنٛد تیداد کم اوس مگر یمولٕ کو اتھ کامہِ منٛز حصہٕ نیو کأشرِ پٕے روزِ ہمیشہ ہمیشہ تِہنٛد یہ احسان محسوٗس کران۔ کأشرٮ۪ن اخبارن منٛز تہٕ چھِ رپوٹھ باقٕے زبانٮ۪ن ہنٛدٮ۪ن اخبارنٕے ہنٛدی پأٹھی لِکھنہٕ یوان۔ اخبأری رپوٹھن منٛز چھِ کیٛنژن چیزن ہُند خیال تھاوُن ضروری۔

(۱) **سُرخی یا ہیڈ لاین:** یہ چھُ رپوٹھک مرکزی خیال کیٛنژن لفظن منٛز آسان تہٕ چھُ رپوٹھس پیٛٹھ کنہِ لِکھنہٕ یوان۔

(۲) **تاریخ:** یعنے کمہ دوہہ چھُ کانٛہہ مخصوص رپوٹھ لِکھنہٕ یوان۔

(۳) **جایہِ ہُند ناو:** رپوٹھ کمہ جایہِ پیٛٹھ چھُ دنہٕ یوان یا واتہٕ کتھ جایہِ چھُ سپد یومُت یتھ متلق رپوٹھ آسہِ۔

(۴) **صحافی یا رپوٹھ دِنہٕ وألی سُند ناو:** یعنے کُنہِ مخصوص اخبأری نمایندٕ سُند ناو یُس رپوٹھ دِوان چھُ۔

(۵) **واقعہٕ ہٕک مکمل تفصیل:** اتھ منٛز چھ یسلہٕ پأٹھی ذکر کرنہٕ یوان زِ رپوٹھ یتھ واقعس یا پروگرامس متلق دنہٕ یوان چھ تہٕ تہِ کیاہ گو کیازِ گو، کمی کور، نتیجہٕ وغیرہ کیا دژ اوہ یہ ساأرے تفصیل چھ یوان رپوٹھس منٛز دنہٕ یوان۔ مثال پأٹھی چھِ بونہٕ کُنہِ پرن والٮ۪ن خاطرِ کینٛہہ رپوٹھ دنہٕ یوان۔

## (۴) سڑکہٕ تعمیر کرنہٕ کِس منصوبس حتمی شکل

داہ کرور روپیہِ چھِن یوٚہس خرچ کرنہٕ، جاوید احمد

۲۲ جولائی/ بارہمولہ/ شاہد شاہ/ یوٚہس مآلی وریس دوران ین کشیرِ ہنٛز وادی منٛز مختلف سڑک پروجیکٹن پیٹھ داہ کرور روپیہِ خرچ کرنہِ، امہِ کتھِ ہُنٛد اعلان کوٚر وزیرِ مملکت جناب جاوید احمدن راتھ وورمُلہِ أکس بڑِس عوأمی اجتماعس خطاب کرنس دوران۔

# دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

کأشُر اؤٹھم جمأژ

تژیم یوٗنِٹ

سوال نمبرا: On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو:

ا۔ کوٗکر چُھ سُلہِ صبحأےلؤکن ونان زِغفلت ترأ ووتہٕ بیدار سپد و

۲۔ کؤ ریٚیلہ کیٚنہہ کال مالنہِ روزنہٕ پتہٕ وأ ریو گژھان چھےٚ تَس چھِ کوٗکر ڈالہِ زٕنگوٕ ستیٚ دِوان

۳۔ کوٗکر چُھ مأ لکنہِ اوٚ کنِ ژھاین تہٕ گرٚ اینوٗ چھان تکیاٚ زِسو چھےٚ تَس نفس برنہٕ خأطرٕ پھل تڑ اوان۔

سوال نمبر۳: کوٗکر چھُ اتھ نظمہِ منز ونان زِ یہٕ چُھس صبحس سُلہِ وٗتھتھ گوڈٕ خدایہٕ سٕندی تعریف کران تہٕ پتہٕ چُھس تمن سارنٕے لؤکن آلو دِوان یم نِندر چھِ آسان زِ ہشیار سپد وتہٕ غفلت ترأ یوٚسہٕ چُھ ونان زِ میاٚنہِ زندگی ہُنٕد مقصد چُھ یرٕ بتھ کأنہہ خوش کرُن تہٕ کأنسہِ نہٕ واد کرُن۔ کوٗکر چھُ ونان مےٚ چھِ لُکھ واریاہو طریقو استعمال کران۔ یُٔمِس چھِ میاٚنہِ ماز ستیٚ خوش کران۔ نوٚشن تہٕ کوربن چُھس بہٕ بطورِ ڈالی ستیٚ دِنہٕ یوان۔ اَخرس پیٚٹھ چُھ کوٗکر ونان زِ یُٔ تاہ کارآمد تہٕ فأیِدٕ منٕد چیز آسنہٕ باوجود چُھس بہٕ خدا ین پھل پھلو باپتھ انسان سُنٕد محتاج تھوومُت۔

سوال نمبر۴: یمن مصرعن کرِو وضاحت:

ا۔ نوٚشن وأ روے چھِ میاٚ نے ستیٚ رأضی: یٚیلہِ کورِ مالنٕی کوٗکر ستیٚ دوان چھ، تہندی وأ رِو چھِ خوش گژھان تہٕ نوٚشہِ چھِ، سیٚد بٔتھ کتھ کران۔

۲۔ کلُک خأر اتھ بےٚ چُھس نیر داندس: یٚیلہِ گراہٕسی تَس کأنہہ چارواَے خاص کر داند بمار چھُ گژھان سہٕ چُھ تمہٕ وِزِ کوکرس اُمِس کلہٕ پیٚٹھی پھِر وان تہٕ پتہٕ تہرِ ستیٚ تڑ اوان تاکہ یہٕ داند گژھِ ٹھیک۔

۳۔ اوے چھُکھ پڑون تصرف دار نیران: کُنہِ گرس منز یٚیلہِ کأنہہ شخص کھوٗ ژمُت چُھ آسان یا تصرُف چھُ آسان تَس گوٚمُت تمہٕ وِزِ چھِ تصرُف دار کوٗکرٕ سٕنز منگ کرِتھ بیمارس آزاد کران۔





Scanned with CamScanner

۴۔ ژوان چھِم عشمقام تتہٕ لول کا سان :۔ییٚلہِ عقیدت منٛد آستانن خاص کر عشمقام گژھان چھِ تتہٕ چھِ تِم پننہِ عقیدتُک تہٕ محبتُک اظہار کرنہٕ خاطرٕ کوکرٕ سے ماران۔

# مانٛچھ ٹلر

سوال نمبر۱: On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو:

۱۔ لنگسٹراٹھ ہاہیوٕ بناونک طریقہٕ چھُ یہِ زِ یِہُ چوکاٹھن (Frame)پٹھ چھُ فر بناونہٕ یِوان۔ مانٛچھ کڈنہٕ وِزِ چھِ یِم چوکاٹ نبر کڈنہٕ یِوان تہٕ مانٛچھ چھُ سیلومنٛزٕ حاصل کرنہٕ یِوان۔

۲۔ رائی چھےٚ مانٛچھ گنٛج موج آسان۔

۳۔ ڈڑ ون چھُ مانٛچھ ٹلرٕ بن ہُنٛد مول۔

۴۔ کارٕگن ٹلرٕ چھِ اکوٕ ہن دوہن ہنٛزٕ وآنسہِ پٹھ ویٚژ رسوٚ مبراوٕن شروع کران۔

۵۔ کارٕگن ٹلرٕ بن چھِ لاروا کھیٚاوٕنی چاوٕنی ،موم تراوٕن ،فر بناوٕنی ، بایوصاف کرٕن تہٕ امہِ علاوٕ چھکھ ہاہیوٕ چ رأ چھِ راوٹھ بیترٕ کامہِ کرنہٕ پیوان۔

۶۔ مانٛچھ گنس منٛز خوراک چھِ کمی کنٛی چھےٚ بہہ وال ٹلرٕ گنہٕ منٛزٕ کڈنہٕ یِوان۔

۷۔ مانٛچھ ٹلرٕ بن نِشہِ چھُ انسان مانٛچھ حاصل کران مانٛچھ چھُ صحتہٕ خاطرٕ سبٹھاہ مفید تہٕ کینٛہہ لُکھ چھِ مانٛچھ ٹلرٕ ژھتھ پٔنٛن روٗزی تہٕ کماوان۔

سوال نمبر۲: خالی جایہِ برٕو:

۱۔ خانن صفائی کران

۲۔ شےٚ دوہ تام چھِ وآنسہِ ہنٛزٕ۔





Scanned with CamScanner

۳۔ داہ،لوٴ کڑ لاروا۔

۴۔ واٗنسہِ ہنز،راٗنی۔

۵۔ ہاہِو۔

۶۔ راٗ چھِراوٹھ

Qno.4 , 5 and 6 on Page No: 03,04,05

## نَستۂ پُھچ

سوال نمبر۱: On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو:

۱۔ نبہ تۂ جبہ پٹھی اِو کنی بیون بیون تِکیا زِتمن اوس گرس منز دہ ہے دنڈ وزُن تۂ نیائے آسان۔

۲۔ خوجن تھوو نبس یہِ شرط زِ یودوَے تس کامہِ پٹھ ژکھسہِ تیلہِ ییہ تَس نَس ژٹنہ

۳۔ نبس کھُرۂ اِو کنی ژکھ ییلہِ خوجن وۆنُس زِ کھٔبن چھٔبن تۂ زالُن اونتھاہ۔

۴۔ خوجن روٗٹ جبہ یتھ شرطس پٹھ طلبس زِ یودوَے اَسہِ دہ یو (جبس تۂ خوجس) منز کانسہِ تِہ ژکھ کھسہِ تُمس ییہ نَس ژٹنہ

۵۔ خوجہِ سُند کھٹ ماٗرِتھ تۂ البانی پُھٹراٗ وِتھ کوٗرجبن کھٔبن چھٔبن تۂ زالُن تیار۔

۶۔ جبہ لوگ خوجہِ ہندِس رنگہِ رنگہِ وا راٗنی کرنہِ تۂ اکہِ دہ ہہ دُیتنس دستار پلہِ ناوان تُرک ییمہِ ستی خوجس ژکھ کھُرۂ۔

سوال نمبر۴: بونہِ کنہِ دنہٕ آمژن تُکرن متلق لیکھو ژور ژورجملہِ:

**کارگُن تُکرِ:**

۱۔ ییم چھِ بے پھل ماڈِ





Scanned with CamScanner

۲۔ گنہٕ چہٕ سارے کامہِ چھےٚ یَمے تُلرِ أنٛز راوان۔

۳۔ ساروے کھوتہٕ زیادٕ آبأدی چھےٚ یہنٛز ے آسان۔

۴۔ کارٕگن تُلرِ چھےٚ ٹوپھ دوان۔

**رأنٛی:**

۱۔ أرِکس گنس منٛز چھےٚ اکھ رأنٛی آسان۔

۲۔ یہِ چھےٚ مادٕ آسان

۳۔ رأنٛی ہنٛز وٹھولو منٛزٕ چھِ تریشہِ وٕنٛی قسمن ہنٛز تُلرِ نیران۔

۴۔ یہِ چھےٚ کالونی ہنٛز موج آسان۔

بہوال تُلرِ:

۱۔ یِم چھِ ٹھٔلو پٹھ پأدٕ گژھان۔

۲۔ یِم چھِنہٕ گَنس منٛز کانٛہہ کأم کران۔

۳۔ یِم چھِ باقٕے تلرٕن ہنٛدی کھوتہٕ زیادٕ کھٔسن کھوٚان۔

۴۔ خورا کِہٕ کمی گژھنہٕ کِس صورتس منٛز چھِ یِم گنہٕ منٛزٕ نبر کڈنہٕ یوان۔

سوال نمبر ۵: واحد جمع

| واحد | جمع | واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|---|---|
| سیر | سیرِ | أنٛ | اَنہِ | ٹوپھ | ٹوپہٕ |
| کٔر | کورِ | لٔٹ | لَچہِ | گُر | گُری |
| تٔلر | تُلرِ | زنگ | زنگہِ | ژُر | ژُری |
| کانٔگر | کانگرِ | کِتاب | کتابہِ | ٹونٔگر | ٹونٔگری |
| پُترٕ | پُترِ | اَل | الہِ | بکر | بکٕری |





Scanned with CamScanner

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| زُتنۍ | زُتنہِ | ڈٲلیل | ڈٲلیلہٕ | ژوٗنگ | ژٲنگۍ |
| گوٗگج | گوٗگجہِ | ٹھول | ٹھولہٕ | ووٗٹ | وٲٹۍ |
| لێج | لێجہِ | ژادر | ژادرٕ | نۄٹ | نٲٹۍ |
| ژٔر | ژرِ | دوٗس | دوٗسہٕ | ہۄٹ | ہٲٹۍ |
| کٔر | کرِ | پھێڑ | پھێڑٕ | مۄت | مٲتۍ |
| ژٔر | ژرِ | کیٖژ | کیٖژٕ | پۄژھ | پٲژھۍ |
| کیۄم | کێمۍ | کھوٗند | کھٲنٛدۍ | پۄد | پٲدۍ |

سوال نمبر ٦: لفظ کٔریوٗکھ جُملن منٛز استعمال۔ یُتھ یِہ ننہِ زِیم چھا نَر صورتس منٛز کِنہٕ ماد صورتس منٛز استعمال سپدان۔

| لفظ | جملہٕ | |
|---|---|---|
| ٹٲر | ٹٲر چھےٚ ڈُڈان | ماد ناوت |
| کارٕگُن | کارٕگُن ٹٲر چھےٚ بے پھل ماد | ماد ناوت |
| ٹھوٗل | ٹھوٗل چھہِ رُت غزا | نَر ناوت |
| آگُر | ویٚتھِ ہُنٛد آگُر چھُ ویری ناگ | نَر ناوت |
| مانٛچھ | مانٛچھ چھُ موٗدُر | نَر ناوت |
| گرمی | از چھےٚ گرمی | ماد ناوت |
| گُن | مانٛچھ گُن چھُ بوٚڈ | نَر ناوت |
| کھیویور | کھیویوٗر چھُ پوشِ منٛز نیران | نَر ناوت |
| آب | آب چھُ ترُن | نَر ناوت |

سوال نمبر ۷: نستہٕ پُھچ'' ڈٲلیلہِ منٛز چھِ ترٛے کردار۔ یِمہ جیہ تہٕ خوجہٕ۔ ترینہٕ وے چھاتھ منٛز پننۍ کٲم کران۔

ا۔ توٚہہِ کُمِس کردارسنٛز کٲم آیہِ زیادٕ پسند؟

ج۔ اسہٕ آیہ رکردار ؤچھنۍ کأم زیادٕ پسند

۲۔ کمۍ ہنٛزٕ ن کتھن پٮ۪ٹھ گٔژھ وتو ہہ ژکھ؟

ج اسہٕ گٔژھ خوجہٕ ہنٛزٕ ن کتھن پٮ۪ٹھ ژکھ۔

۳۔ تُہۍ کمۍ ہنٛزِ کامہِ پٮ۪ٹھ گیہ وٕ خوش؟

ج۔ أسۍ گیہ حبنہٕ کامہِ پٮ۪ٹھ خوش۔

۴۔ توہہ کمۍ ہنٛز کامہٕ پٮ۪ٹھ ہتۍ آوٕ آسُن؟

ج۔ اَسہٕ آو حبنہٕ کامہٕ پٮ۪ٹھ اُسُن

سوال نمبر ۸: پُھٹُھج لکہٕ کتھ لیکھوٗن پننہٕ نن لفظن منٛز

یہ سبق چھُ اکھ لُکہٕ کتھ۔ یتھ منٛز دون باین ہنٛز ڈلیل چھِ۔ یتھ گٔنۍ زِ بارٕنی جیہ تہٕ نیہ چھِ آسان أکس گامس منٛز روزان۔ گرِ چھکھ دوہے دغد وزُن آسان نیہ چھُ بہوال بنہٕ چھُ محنت کش بنہٕ چُھنہٕ ؤچھنۍ کانٛہہ کتھ آسان مانان تہٕ دوشوے رٕؤ دکۍ بیٛون بیٛون۔

نیہ چھُ أکس خوجس گرٕ ہان طلبس۔ خوجہٕ چھُ تَس طلبس رٹان مگر شرط چُھس تھاوان زِ ہرگاہ تَس ژکھ کھسہٕ خوجہٕ ژٹِہ تَس نَس۔ نیہ چھُ یہ شرط مانان تہٕ نیران چھُ خوجہٕ ہنٛز کأم کرنہٕ شامس۔ یٮ۪لہ نیہ مزٕ وٗری کٔرتھ چھُ یوان۔ خوجہٕ چُھس کھبن چٮ۪بن تہٕ زالُن ژھانڈان۔ یہ بوزتھے چھُ نبس ژکھ کھسان تہٕ خوجہٕ چھُ تَس نَس ژٹان،

نیہ چھُ ودان ودان گرِ واتان۔ یتہٕ چھُ پننہٕ رِنس بأیس جبس سأرے ڈلیل ونان یہ بوٗزِتھ چھُ جیہ خوجس نِش واتان تہٕ پننہٕ بنہٕ چالاکی ستۍ تَس بأے سُند بدلہٕ ہوٕان۔

دراصل چھِ پُھٹُھج لُکہٕ کتھ پٔرتھ اسہ پژون گامی ماحول أچھن تل یوان زِ کتھ گٔنۍ أسۍ ہنگد ارغریبن ظُلم کران۔ خوجہٕ سُند ورتاوٕ وچھتھ چھِ تَس خلاف نفرت ووتلان۔ نیہ بنہٕ حالاتہٕ پٮ۪ٹھ چھُ عار گرٕ ہان مگر جیہ بنہٕ چالاکی ستۍ چھِ خوش گرٕ ہان۔ گٔہم پٔاٹھی چھِ یہ دلیل پرن وأرِلس اسناوان تہٕ۔





Scanned with CamScanner

| محاوره | معنی | جملہ |
|---|---|---|
| اَتی مینگہٕ ٹوٗپۍ تھاوٕنۍ | کاٗکی کرٕنۍ۔ بیٚیا کھنہٕ وبژُن۔ | تس چھُ کھوٚتمت سکھ نشہٕ سُہ چھُ اجی مینگہٕ ٹوٗپۍ تھاوان۔ |
| دنٛدٕ وزُن | لڑآے جھگڑٕ | کریمنس گرس منٛز چھُ اکثر دنٛدٕ وزُن آسان۔ |
| گرٕ کرُن | محنت کرِتھ گرس منٛز ترقی پژاوٕنۍ۔ | سوٚ چھےٚ بیٚون تہٕ رتی پاٹھی چھےٚ گرٕ کران۔ |
| وٗڈھن متھن سنٛمب نہٕ انمہٕ بٹُن | غریبی ہندی دوہہ کڈٕنۍ | تم بچاٗری چھِ ازکل وٗڈھن متھان سنٛمب تہٕ اِدٕ چھُکھ انمہٕ بٹان۔ |
| طلبس رٹُن | موہنیو لازرٹن | خوجن روٗٹ وونی جیہ طلبس۔ |
| دنٛدن تل اوٚنٛگج تراوٕنۍ | پشتاوٕن | سُہ چھُ ناکاٗمی پتھ دنٛدن تل اونٛگجِہ ترٛاوان۔ |
| گرٕ بجا تھاوُن | گرس قدٕر کرٕنۍ | بیٚون نیرِتھ چھےٚ سو گرٕ بجا تھاوُن یژھان۔ |
| بلاے کھورن تل واتنٛز | مصیبت نزدیک واتُن | بلائے کھورن تل وٲتتھ گژھِ انسان حوصلہٕ سان مقابلہ کرُن۔ |



Scanned with CamScanner

## گرامر:

سوال نمبر۹: لکہٕ کتھ کتھ چھ ونان؟

جواب: لکہ کتھ چھےٚ سو کتھ یُس کانٛہہ انسان چُھ گوڈنچ کانٛہہ لوٗکُٹ بوٚڈ واقعہ بیان کران۔ کانٛہہ خیاٗلی قصہٕ ونان۔ سُے چُھ اکِہ پُیہِ پتھ بیٚیس پُیہ تام زباٗنی زباٗنی واتان روزان تہٕ ستیٚ ستیٚ چُھس ژٹہ واتھ تہِ کران۔ یتھ پاٗٹھی چھےٚ یہِ سارنے لوٗکن ہنٛز بناوٕمژ تہٕ وٕنی مژ کتھ بنان۔ اَتھی چھِ لُکہٕ کتھ ونان۔



Scanned with CamScanner

کأشُر　　　　　　　　　　　　　　　　　　　　اوُٹھم جمأژ

ٹُرمِزِ

سوال نمبرا:On Book

سوال نمر۲:　جواب لیکھو :

س۱　　رېٖش وارِ کیاچُھ أندی أندی ؟

ج　　ریٖش وارِچُھ أندی أندی سۄنہٕ ہٕندی سنگر، رۄپہٕ کوہ مالہٕ سرسبز جنگل ،مرگہٕ تہٕ پوٛشہِ باغ۔

س۲　　وتھٕستا کتھ چھےٚ رأ چھ؟

ج　　وتھٕستاچھےٚ ریٖش وارِ (کٔشیرِ) رأ چھ۔

س۳　　کُس چُھ وۄتھٕ بُٹھٕ بُٹھی خانقاہ تہٕ برٕتھ کُن پکان؟

ج　　لوکچہِ لوکچہِ کور آسہٕ وۄتھ بُٹھی خانقاہ تہٕ برٕتھ کُن پکان۔

س۴　　اتھٕ واس کموچُھ رٔژھر وومُت

ج　　ہیٖند یو تہٕ مسلمانوچُھ اتھٕ واس رٔژھر وومُت ۔

س۵　　وۄتھ کمن کمن رازن کھٔژ ٹارِ؟

ج　　وۄتھ کھٔژ للتادتس تہٕ بڈشاہس ہوٚن رازن ٹارِ۔

سوال نمبر۳:خأ لی جایہِ پُرِو:

| | |
|---|---|
| سۄرگہِ ہواپڑ <u>اران</u> انوارِ | تھِو نامیٚتہٕ <u>کأنہہ</u> سازش گوش |
| رنگہٕ <u>ژرِوگنہِ</u> تہٕ ونہٕ چے ہارِ | یتھ <u>ریٖش وارِ</u> وتھٕستا ررأ چھ۔ |
| للہٕ واکھن <u>ستی شُرکی</u> دُردانہٕ | ہیٖندی <u>تےَ مسلمان</u> ہم آغوش |
| اتھٕ واس <u>رٔژھرِ تھٕپٕتی مےٚ پیارِ</u> | یتھ <u>ریٖش وارِ</u> وتھٕستا ررأ چھ۔ |

سوال نمور۴: تمن چیزن ہُندا کھ فہرست بنأوِ ویٚم اتھ نظمہِ منٛز مقصدٕ خأطرٕ شأعرن ورتأوی متی چھِ :

ج۔سۄنہٕ ہٕندی سنگر۔پوٛشہِ باغ،کولہٕ،۔بالٕ وتھٕستا،جنگل ۔مرگہٕ ۔رنگہٕ ژرِ۔خانقاہ۔شیخہٕ شرٛکی۔للہٕ واکھ بیترِ

چھِ تم چیز یم وتہٕ تا ئمہِ نظمہِ منٛز شاعرن ورتأوی متی چھِ۔

سوال نمبر۵: نظمہِ ہُند خُلاصہٕ کٔرِو تیار

جواب:۔ ونن منٛز چھِ یارٕ و پنٛنی پنٛنی بنہٕ رٔڑی متی۔ بالہٕ تھونگن چھُ زنتہٕ سونہٕ کھٔش کٔرِتھ کوہ مالن پیٹھ چھُ شین چانٛدِ ہٕنٛدی پأٹھی پژزلان۔ کولہ رادن منٛز چھُ امرٕ ہتھ بٔرِتھ۔ سورگہٕ ہوا چھُ وارِ پراران۔ وہتھ بُٹھی بُھٹی چھےٚ زنانہٕ خانقاہِ تہٕ پرٕ ہتھ کُن پکان۔ ہیٛنٛدی تہٕ مسلمان چھِ یکہٕ وٹہٕ روزان۔ وہتھ آیہِ للتادتس تہٕ بڈشاہس تہِ پسنٛد۔ وتہٕ تا چھےٚ ییتھ ریٚش وارِ رأچھرٕ زِتھ۔

سوال نمبر۶: ویٛشھنےَ کٔرِو:

للہٕ واکھن ہتی شُرکی دُردانہٕ — ہیٛنٛدی تے مسلمان ہم آغوش

اتھ واس رٔژھرِ تھ پتی مےٚ پیارِ — ییتھ ریٚش وارِ وتہٕ سا رأچھ

کٔشیرِ اندر چھِ ''شیخ العالم'' تہٕ للہٕ دید یکجہتی ہُنٛد باس دِوان۔ اتھ تناظرس منٛز چھِ ہیٛنٛدی تہٕ مسلمان پانہٕ وأنی اتھِ واس کٔرِتھ یکہٕ وٹہٕ روزان۔ ییتھ ریٚش وارِ چھےٚ وہتھ رأچھرٕ زِتھ۔

وہتھ مأری منٛز کھٔش پرٕ ہتھ أکِس ٹارِ

رازٕ تہٕ بادشاہ تھأوِتھ گوش

للتادت بیٚیہ بڈشاہ گارِ

ییتھ ریٚش وارِ وتہٕ تا رأچھ

سبٹھاہ خوٗبصوٗرت تہٕ مأری منٛز آسنہٕ کِنی چھےٚ وہتھ پرٕ ہتھ أکِس پسنٛد آمٕژ۔ امہِ چھُ بڈشاہ تہٕ للتادت ہیوٗن عظیم بادشاہن ہُنٛد دِل نیوٗمُت۔ یہٕ چھےٚ ییمہِ سانہِ کٔشیرِ ہنٛز رأچھدر۔

سوال نمبر۷: یمن عنوانن متعلق لیکھو مضموٗن۔

## ''میون گام''

کٲشیر چھےٚ خدایَن مٲری مَنز بنأومٕژ ییٚتِکی آبشار، پہاڑ، کولہٕ ناگہ راد، بونہِ باغ تہٕ ییٚتِکی باغات چھِ سٮ۪ٹھاہ مشہوردرس دنیٚا ہس منٛز۔ سأنی کشیر چھےٚ أندی أندی پہاڑو سٟتی وٕلتھ۔ یمن پہاڑٕ دامنن منٛز چھُ میون گام بٕستھ۔

میون گام چھُ اکھ بوٚڈ گام۔ یتھ منٛز اکھ ہایر۔ سیکنڈری سکوٗل، ژور مِڈل سکوٗل تہٕ اکھ خانقاہ چھُ۔ یہِ چھُ اکھ مٲری موٚنٛد گام۔ یتھ منٛز واریہاس تعدادس منٛز لوٗکھ بسان چھِ بالہٕ دامنس تل چھُ میون گام آبادیتھ۔ آب و ہوا چھُ نہایت معتدل۔ ییٚتہِ چھنہٕ گرمی زیادٕ اثر کران تہٕ چھُ تازٕ ہوہکی سببہٕ شادمأنی محسوس کران۔ خداے تھأونی أمِچ خوبصوٗرتی تہٕ رونق ہمیشہٕ برقرار۔

## ''نشاط باغ''

نشاط باغ چھُ شہرِ سرینگرٕ پٮ۪ٹھ لگ بھگ ۱۰ کلومیٹر دوٗر زبرون بالن ہٕنٛدِس دامنس تل واقع۔ یہٕ باغ چھُ شاہِ جہان ہٕنٛدی وزیرِ اعظم جناب عاصف خانن ۱۶۳۴ ء منٛز بنوومُت۔ اتھ باغس منٛز چھِ آبشار، فوارٕ تہٕ منٛز باگ چھُس آب وسان۔ اور چھِ واریاہس تعدادس منٛز ریاستکی تہٕ ریاست نیبرِم سأانی سأل کرنہِ یوان۔ سکوٗل شُری، زنانہٕ کیٚو مرد چھِ لتہِ رِگنٛدان دروکان تہٕ بأتھ گیوان۔ یہٕ باغ چھُ تھزرس پٮ۪ٹھ بناونہٕ آمُت تہٕ لتہِ پٮ۪ٹھ چھُ جھیلِ ڈلُک نظارٕ اصل پأٹھی بوزنہٕ یوان تہٕ ڈلس منٛز شکارہن ہندیٚن گرٛشن چھُ وُچھن والین فرحت بخشان۔

نشاط باغ چھُ کٲشیر ہٕنٛز خوبصوٗرتی منٛز اکھ اہم رول ادا کران۔ باغس منٛز چھِ شہجارٕ باپتھ قداوار بونہِ، پٔدی وتن ہٮ۪تی ہٮ۪تی چھِ سرٕوٕ گُلی تہٕ پوشہِ چمن، باغس پتہٕ بال تہٕ بُتھ ڈل چھُ سٮ۪ٹھاہ رُت منظر پیش کران۔

سوال نمبر ۸: یمن لفظن چھےٚ ہٕشی آواز

ا۔ پوش ، روش ، ہوش

۲۔ تارِ ، نارِ ، گارِ

امی گاچھِ لیٚکھِو پانٛژھ پانٛژھ ہم آواز لفظ

ج۔ دوش ، جوش ، ہوش ، گوش ، نوش۔

۲۔ بارِ ، سارِ ، وارِ ، کھارِ ، دارِ۔

## ''ڈاکہِ وول''

سوال نمر۱: On Book

سوال نمر۲: جواب لیکھو :

س۱۔ ڈاکہِ وائِلس کہنز خبراتر چھےؔ پرژھنہِ یوان؟

ج۔ ڈاکہِ وائِلس چھےؔ شُرہن ہنز خبراتر پرؔ ژھنہِ یوان۔

س۲۔ رمہِ، اوشُر، عمہِ تہِ سبحان کتہِ أسی؟

ج۔ رمہِ، اوشُر، عمہِ تہِ سبحان أسی پنجاب مزوٗری کرنہِ گُمتی۔

س۳۔ ڈاکہِ وائِلس کیا آو بخشاٲیشہِ رٕنگی دِنہِ؟

ج۔ ڈاکہِ وائِلس آو کنہِ سان تو ملہِ چینی پیاؔلہِ بخشاٲیشہِ رٕنگی دِنہِ۔

س۴۔ شُرہن ہنز موج کیاؔ کیاؔ چھےؔ ڈاکہِ وائِلس پرؔ ژھان؟

ج۔ شُرہن ہنز موج چھےؔ ڈاکہِ وائِلس پرؔ ژھان زِ تہند ہن شُرہن کتھِ گٔژ آویوٗت صبر زِ تم روٗدی ییتس کالس پٔتھن نشہِ دوٗرتہِ بیٚیہ کیاؔ زِ سوز کھنہِ شُرہن ہندِ خاطرِ پلو۔

## ''ہواٲی جہاز''

سوال نمبر۱: لفظ تہِ معنی On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو :

س۱۔ وُڈُنک شوق پوٗرِ کرنہِ باپتھ کُس سامانہِ بنووا سانن گوڈنتھ؟

ج۔ وُڈُنک شوق پوٗرِ کرنہِ باپتھ بنووا انسانن گوڈٕ بأنسہِ کانہن ہُند اکھ زیوٗٹھ ٹُھیٚپ۔ اتھ آو نبری کنز کاغذ لاگنہِ تہِ أندری کنز کپُر۔ یتھ کنز آویہِ وُڈنس لایق اکھ پھوٚکہِ ڈیوٗنگ (غبارٕ) بناونہِ۔

س۲۔ غبارس منز بہتھ وُڈنک گوڈنیُک تجرُبہٕ کموکوٚر؟

ج۔ غبارس منز بہتھ وُڈنک گوڈنیُک تجرُبہٕ کوٚر فرانس کیوٚ دوہیو بایوٚ

س۳۔ گوڈنیُک ہوٲیی جہاز کمو بنوو؟

ج۔ گوڈنیُک ہوٲیی جہاز بنووامریکہٕ کیوٚ دوٚیو بایوناوِلبرلآیٹ تہٕ ارول لآیٹ۔

س۴۔ ہوٲیی جہازس منز سفر کرنہٕ ستی کیا فایدٕ چُھ؟

ج۔ ہوٲیی جہازس منز سفر کرنہٕ ستی چھِ اَسی کم وقتس منز زیادٕ فاصلہٕ طے کران تہٕ ییتھ کٔنی چُھ اَسہِ واریاہ وقت بچان۔

سوال نمبر۳:یِم محاورٕ کٔرِو پننٮ٘ن جُملن منز استعمال۔

| | محاورٕ | معنی | جملہٕ |
|---|---|---|---|
| ۱۔ | ووٚٹہِ اُنٛن | تنٛبلاوُن | مےٚ چُھ پرنُک شوق پٔرتھ ساتہٕ ووٚٹہِ انان، |
| ۲۔ | روخ پھرُن | بدلُن | سہٕ اوس شریف لٔڑکہٕ مگر وچھُس روخ پھیورمُت |
| ۳۔ | دَل دٔرُن | ہمتھ گژھنۍ | حالاتو چُھ أزی کٔہن انسانن ہٕندی دِل درأیمٕتۍ |
| ۴۔ | دِل راوُن | پریشان گژھُن | مےٚ چُھ أز دِل راوان ہیوٚو |
| ۵۔ | دَل دزُن | افسوٗس کرُن | مےٚ چُھ دِل دزان زِ ژٕے کوٚرتھ یُٹ نوقصان۔ |
| ۶۔ | دَل پُھٹُن | نرمی پٲدٕ گژھنۍ | دل پُھٹِتھ دُعا چُھ قبول گژھان۔ |
| ۷۔ | دِل نیرُن | مایِل گژھُن | خوبصوٗرت چیز وُچھِتھ چھُ دل نیرُن اکھ قدرتی کتھاہ۔ |

# دی لیجنڈس سکول آف ایجوکیشن

## ''کشیرِ ہنٛز کینٛہہ پرانہِ عمارَژ''

سوال نمبرا:لفظن ہٕند معنی On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو:

س ا۔ آثارِ قدیمہ کتھ چھِ وَنان؟

ج۔ پرانہِ زمانہٕ کِہن نشانن چھِ ''آثارِ قدیمہ'' وَنان۔

س۲۔ بٲرونہٕ یِم ٹاکہٕ اتھِ آمِژ چھےٚ تِمن پٮ۪ٹھ کُژہٕ شکلہٕ چھےٚ کھنٛنِتھ؟

ج۔ بٲرونہٕ یِم ٹاکہٕ اتھِ آیہٕ تِمن پٮ۪ٹھ چھےٚ وارِیاہ ہن پوشن، جاناوارن تہٕ انسانن ہنٛز شکلہٕ کھنٛنِتھ۔

س۳۔ بٲرونہٕ کیٛا اوس بودھ عالِموترامہٕ پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھ کھنہٕ نووُمُت؟

ج بٲرونہٕ اوس بودھ عالموترامہٕ پٮ۪ٹھن پٮ۪ٹھ بودھ مَتکی اصول نوٚسرٕ مرتب کٔرِتھ کھنہٕ نٲوِمٕتی۔

س۴۔ مارتنٛڈ مندرُ وٕچھِتھ کیاز چھُ انسان حٲران گوٚژھان؟

ج۔ مارتنٛڈ مندرکی پٮ۪ٹھ پھرٛاٹ، کنہٕ پِلرٕ وُچھِتھ چھُ حٲرتھ یوان زِ کِہن کِہن شلِن کتھٕ کٔنی چھُ واتھ دِنہٕ آمُت۔یِمہٕ شبلہ کموقداوار، زوراوار تہٕ ووستکارانسانو چھےٚ اکھ اکس پٮ۪ٹھ کھٲلِتھ سیٛہ بیٛہنٲوِتھ مارتنٛڈ مندرس ہِش عمارتھ تعمیر کٔرمٕژ۔

س۵۔ خانقاہ معلیٰ کتھ جایہ چھُ واقع؟

ج۔ یہ مشہور خانقاہ چھُ سری نگرس منٛز ژاُنہٕ کدلس تہٕ فتح کدلس درمیان وٮ۪تھِ ہِندِس ڈچھنِس بٔٹھِس پٮ۪ٹھ واقع۔

س۶۔ صالح ماجہ کیٛا کوٚر خانقاہ معلیٰ نوِسرٕ تعمیر کرناونہٕ خٲطرٕ؟

ج۔ صالح ماجہِ کُن پنٕن زیور تہٕ داش نداش خانقاہ معلیٰ نوِسرٕ تعمیر کرناونہٕ خٲطرٕ۔

س۷۔ سری نگرچہِ جامع مسجدِ منٛز کتی نفر چھِ اکہِ ساتہٕ نماز ہٮ۪کان پٔرِتھ؟

ج۔ ۳۳،۳۳۳۔

سوال نمبر۳: خالی جایہِ پُرو:

نمدِ گوٚر (۱۴) ، پاژیُر (۱۲) ، کانڈُر (۱۵) ، رنگُر (۱۰) ، پوہُل (۹) ، موٗنجہِ گوٚر (۱) ،

ٹوپہٕ گوٚر (۳) ، قالباف (۴) ، وۆدُر (۲) ، ٹھانٛٹھُر (۷) ، قلایہِ گر (۶) ، کرٛال (۸)،

روفگُر (۱۱) ، سوٗنُر (۵) ، تبردار (۱۳)

سوال نمبر۴: پننہِ نس شہرس یا قصبس یا گامس منٛز وُچھو کانٛہہ پرٲنی عمارت تہٕ تتھ متعلق لیکھو جُملہٕ۔

ج۔ اَمہِ باپتھ ؤچھوٗ زیارتٕ سوال خانقاہ معلیٰ۔

# ’’پالیتھین‘‘

سوال نمبر۱: لفظن ہٕند معنی On Book

سوال نمبر۲: جواب لیکھو:

س۱۔ پالیتھینہٕ سِتی کیا کیا نوقصان چھُ واتان؟

ج۔ پالیتھینہٕ سِتی چھُ واریاہ نوقصان۔ اَمہِ سِتی چھُ آب تہٕ ہوا تیٚوٚت اولُد گژھان یمہِ سِتی سانٛہِ ماحولس سخ زکھ واتان چھُ۔

س۲ پالیتھین کیازِ چھُ دوہ کھوتہٕ دوہ پریشانی پٲدِ کران؟

ج پالیتھین چھُ دوہ کھوتہٕ دوہ اَکھ پریشانی پٲدِ کران تکیازِ نہٕ چھُ یہِ زمینس منٛز ہوژان تہٕ نہٕ گلان، نہٕ میٚرِ سِتی شرٛ وپان تہٕ نہٕ چھُ دزان،

س۳ جموں کشمیر سرکارن کتھ ایکٹس تحت چھُ پالیتھینس پیٹھ پابندی عاید کٔرمٕژ؟

ج۔ جموں کشمیر سرکارن چھُ (Biodegridiable Act 2007) ایکٹس تحت پالیتھینس پیٹھ پابندی عاید کٔرمٕژ۔

س۴۔ پالیتھین کھینہٕ سِتی کیا نوقصان چھُ چاروایَن واتان؟

ج۔ پاتھین کھنہٕ ستی چھ چاروان أندرمَن تہٕ شکمس منز یہ نہٕ شرٚ پہ نہٕ کنٛہ انفکشن پأدٕ گژھان۔ یمہٕ ستی تم مُرتھ تہٕ ہیکان چھِ۔

س۵ پاتھینس روٗٹ کرنہٕ باپتھ کمہٕ قدم پزن اسہٕ تُلٕنۍ؟

ج پاتھینس روٗٹ کرنہٕ باپتھ پزن اَسہٕ یم قدم تُلنۍ:۔

ا۔سودا سلف مُلہٕ ہیٚنہٕ باپتھ نمو أسۍ گرِی کاغذ بیگ ستی یُتھ بازرٕ دُکاندارس أسۍ اورٕ پاتھین بیگ پُشراونہٕ برونٛہہ یورے یہ بیگ دِمو۔

۲۔تعلیمی ادارن منز پز اَسہٕ بچن اندر بیدأری پأدٕ کرٕنی زِ یم چِپس ، چاکلیٹ یا لنچ پیک کھیتھ پانس أندۍ پکھۍ دأرِتھ دِوان چھِ ،تم کرن پٔزن اوٚ ندپۆکھ صاف تھاونس پٹھ پٔزنہٕ طرفہٕ کوٗشس یُتھ امہٕ زِش پٔزن ماحول بچأوِتھ ہیکو۔

س۳۔ اوٚندپۆک صاف تھاونہٕ باپَتھ پزَن ہسیار قدم تُلنۍ مثلن :اسہِ پزِ نہٕ پاتھین استعمال کرَن۔ یتھے پأٹھۍ لیکھو ییٚہ پانژھ جُملہٕ؟

ا۔ اَسہِ پزِنہٕ آب ناصاف کرُن۔

۲۔ اَسہِ پزِنہٕ ہوا اولوٗ دکرُن۔

۳۔ اَسہِ پزِنہٕ لِفافہٕ استعمال کرُن۔

۴۔ اَسہِ پزِنہٕ پاتھین زمینس تَل دوٗ براوٕنی۔

۵۔ اَسہِ پزِ پٔزنہِ ماحولُک خاص خیال تھاوُن۔

سوال نمبر۴: کالم ''الف'' رلأوِو کالم ''ب'' لِس ستی۔

| الف | ب |
|---|---|
| آب | لاگنہٕ ستی چھ ماحول صاف روزان (۳) |
| ماحول | گژھِ صاف تھاوُن (۲) |
| کُلۍ کٔڑ | چھ زندٕ روزنہٕ باپتھ ضروری (۱) |

| | |
|---|---|
| پاٹیتھین چُھ | گڈھِرأ چھراوَٹھ کرِنی (۴) |
| قودرتی وسیلن | انسأنی صحتہِ باپتھ مُضِر (۵) |

سوال۴: وأحدناوتہن لیکھو جمع ناوِتی :

| واحد | جمع | واحد | جمع |
|---|---|---|---|
| دود | دأدی | خصلت | خصلژ |
| ڈج | دَجہِ | ژنڈ | ژنجہِ |
| آفت | آفژ | کھیول | کھیلی |

سوال۵: یَمن عنوانن مُتعلق لیکھو داہ داہ جُملہِ :

## پاٹیتھینکی مُضِر اثرات

۱۔ پاٹیتھینہِ ستی چُھ ماحولس سخ زکھواتان۔

۲۔ امہِ ستی چُھ سون ہوااولوٗ دِگڈھان۔

۳۔ ایمیک ورتاوچُھ دوہ کھوتہِ دوہ دُژس عالمہِ باپتھ پریشأنی پأدِ گڈھان۔

۴۔ پاٹیتھین ٹھیلہِ چُھنہِ گلان یاہوژان نہَ چُھ سہل سہل دزان۔

۵۔ پاٹیتھین لِفافہِ چُھ سأنِس صحتس زبردست ددارِ واتناوان۔

۶۔ امہِ علاوِ چُھ یہ ہے پاٹیتھین سانہن پأداوار دِنہِ والہن کھہن بےبووتہِ بنجر بناوان۔

۷۔ پاٹیتھین زمینس تَل دُبراونہِ ستی چُھ اکہ قسمُک کینسر ہیوٗ پھألان۔

۸۔ پاٹیتھین لفافہِ چھِ چارِ واین ہنڈِ باپتھ تہِ موتُک سامانہِ بنان۔

۹۔ پاٹیتھین لفافہِ کھینہِ ستی چھِ چاروائے مرِتھ تہِ ہیکان۔

۱۰ غرض پاٹیتھین چُھ ہرأ کَس خأطرِ مُضر۔

۲۔ کلہن ہنڈ فأیدِ Do your self

سوال نمبر ۷: محاورٕ کٔرِو جُملن منز استعمال:

| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | لول برُن | اَسہِ پزِا کھأ کٔس لول برُن۔ |
| ۲۔ | کنس کشن | ساحل چُھ ہر کانٛہہ کتھ کنس کشان۔ |
| ۳۔ | بُتھی لگُن | اَسہِ پزِنہٕ کانٛسہِ ستی بُتھی لاگے کرٕنی۔ |
| ۴۔ | اتھٕ ٹلُن | اگر نہٕ ژٕ پَرٛ کھہٕ گژھہٕ اتھٕ ٹلُنہٕ خأطرٕ مجبوٗر۔ |
| ۵۔ | آسمانہٕ پیٚوٗن | سو کتھ بوٗ زِتھ پیٚو ومےٚ آسمانہٕ |

ج۔ یتھ بنٛدس منز چھَ موج ''ڈاکہٕ وأرِلس'' ونان زِ پنجاب گأمتٕن تہندٕ ن شُرٕ ن کتھ کٔنی آویٚ وٗت صبرٕ ستہٕ واریاہ کال گٔذرنہٕ پتہٕ ستہٕ آیہِ نہٕ تِم گرٕ۔ بیٚیہ چَھس پرٛژھان زِ تِمو ماسوٗ زفضہِ خأطرٕ بُج گانہٕ۔

## گرأمر

سوال۴: یِمن عنوانن تحت لیکھِو داہ داہ جُملہٕ :

۱) ہوأیی جہازٕ کہ فأیدٕ ۲) ریڈیوٕکہ فأیدٕ

جواب ۱) ہوأیی جہازٕ کہ فأیدٕ :

ہوأیی جہاز چُھ اکھ سائینسچ اکھ اہم ایجاد یمیٖک انسان ہٕنٛدِ باپتھ بسیار فأیدٕ آیِٹھ تھأوی۔ یہ کوٚر ۱۸ دسمبر ۱۸۵۳ ءمنٛز امریکہٕ کِس دوٚیو بارنِو ولبر رایٹ تہٕ آرول رایٹن ایجاد۔ یہ چُھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ فأصلہٕ کم وقتس منٛز کران۔ اتھ منٛز چھ کاڈہِن نسبت اکی ساعتہٕ سوارِ (وارِیاہ) سفر کٔرِتھ ہیٚکان۔ سفر کرن وألِس چُھ آرام میلان۔ امہٕ ستی چُھنہٕ ماحولس منٛز اولوٗ دگی پأدٕ گژھان۔ سائینس چہٕ ترقی کٔنی چھ ووٚنی تِتھی جہاز تہٕ بناونہٕ آمتی یم پایلٹ ہٕنٛدٕ مددٕ ورأے چلان چھِ۔ ہوأیی جہاز چھنہٕ صرف انسانن اکہٕ جایہٕ پیٹھ بیٚیس جایہٕ نوان تہٕ انان بلکہ چُھ مال تہٕ اورِیورٕ سارنہٕ یوان۔

۲) ریڈیوٕکہ فأیدٕ :

ریڈیو چُھ سائینس منٛز مارکوٗنی ہٕنٛز سہٕ ایجاد یمہٕ ستی انسانس کأفی فأیدٕ ووت۔ یہ چُھ بغأر کٔنہٕ تارِ اسہٕ تام دوٗر دراز مُلکن ہٕنٛز کتھ واتناوان ریڈیو چُھ اکھ تِیُتھ چیز یتھ اکھ عام انسان تہِ پننِس گرس منٛز تھأوِتھ چُھ ہیٚکان۔ أسی چھ دُنیاہس منٛز گنڈنہٕ ینہٕ والہِ کٔنہٕ تہِ پیچ کمٹری پننہٕ نبن گرن منٛز بہتھ بوزان۔ ریڈیو چُھ اکھ لوتہٕ واے چیز یُس أسی کٔنہِ تہٕ جایہٕ نتھ ہیٚکان چھِ۔ ریڈیو چھُ أسی پننہٕ نبن کھہن منٛز نوان تہٕ امہٕ ستی چھِ اَسہِ کأم کرنس دوران کم تھکاوٹ محسوٗس گژھان۔ ریڈیو چُھ چلہٕ وُنبن گاڈہِن منٛز تہٕ لاگنہٕ یوان۔ ریڈیوٕ ستی چھِ أسی مختلف جاین ہٕنٛز خبرٕ گرٕ بہتھ بوٗزِتھ ہیٚکان۔

سوال نمبر۵: گرٕنٛز باوٕتی ژأرِو:

جواب: (۱) وارِیاہ (۲) سبٔحاہ (۳) زٕ، دہٕن (۴) کٔژتام

(۵) اکھ ہفتہٕ

”کٔشیرِ ہٕنٛز کینٛہہ پرانہٕ عمارٔژ“

سوال نمبر ٦: یِمو جملو منٛز ژأرو کرٛاوُل، کرٛاوِتی تہٕ کرٛووٕمتی :

| | جملہٕ | کرٛاول | کرٛوومت | کرٛاوتی |
|---|---|---|---|---|
| ١۔ | سُہ چُھ ژوٗنٛٹھ کھوان | سُہ | ژوٗنٛٹھ | کھوان |
| ٢۔ | أسی چھ پاس گژھنہٕ خأطرِ محنت کران | أسی | پاس | کران |
| ٣۔ | آپہ چھےٚ شُرٛ ہن ہٕنٛدی پَلو چھلان | آپہ | پلو | چھلان |
| ٤۔ | ژٕ چُھکھ سبق پران | ژٕ | سبق | پران |
| ٥۔ | ہٕرٛ چُھ سأنی پَلو سُوان | ہٕرٛ | پَلو | سُوان |
| ٦۔ | چھان چُھ دِلہٕ پٕچن رنٛدٕ دِوان | چھان | دِلہٕ پٕچن | رنٛدٕ دوان |

سوال نمبر ٧: یِمن عنوانن تحت لیکھِو پانٛژھ جُملہٕ :

١) پانٛڈ وٲر        ٢) خانقاہ معلیٰ

**پانٛڈ وٲر :**

مارتنٛڈ منٛدرس چھِ عام لُکھ پانٛڈ وٲر ونان۔ پانٛڈ وٲرِ چھ بجن بجن شِلن ہٕنٛدی بناونہٕ آمٕتی۔ پانٛڈ وٲرِ چھِ پٔتنہٕ تہٕ نظرِ گژھان پانڈو لٲرِ چھِ پٕزی پأٹھی انجنیر نگ تہٕ ووستکأری ہُنٛد کمال۔ مارتنٛڈ اوس پانٛڈ وراٗز رام دیون تعمیر کرنو مُت۔

**خانقاہ معلیٰ:**

یہِ چُھ اکھ مشہور خانقاہ۔ یہِ چُھ سری نگرس منٛز زأنہٕ کٔدلس تہٕ فتح کٔدلس درمیان وٕتھِ ہٕنٛدس بٔتھِس پٮ۪ٹھ واقع یہِ خانقاہ گووارِیاہ پھِرِ نارٕ بُزی۔ صالح ناوچہِ ماجہِ کوٚر یہِ خانقاہ نٔوسرِ تعمیر۔ عمارتھ چُھ مربع۔ اتہِ چُھ کینٛژن مخصوٗص دوٚہن پٮ۪ٹھ لُکن ہٕنٛز رٕج آسان لٔگمٕژ۔

سوال ۸: وأ حدناوتہن ہنٛدی جمع ناوِتی ۔

ا۔ آفت ۔ آفژ　　۲۔عمارت ۔عمارٔژ　　۳۔فنارت ۔ فنارٔژ

۴۔ خصلت ۔خصلٔژ　　۵۔عظمت ۔عظمٔژ

## "ڈاکہٕ وول"

سوال نمبر۳۔ڈاک خانہٕ کِس افسرس لیکھِو چِٹھی یتھ منٛز پننہِ علاقہٕ کِس ڈاکہٕ وألی سنٛز رِژٕ کامہِ ہٕنٛدی تعریف آسن کرنہٕ آمٕژ ۔

بخدمت جناب پوسٹ ماسٹر ڈاک خانہٕ بارہ مولہ

جناب عألی:

وومید چھےٚ زِ خداے سٕنٛدِ فضلہِ تہٕ کرمہٕ سٟتؠ آسو وارٕ کارٕ عرض چھُم زِ سانہِ علاقُک یعنی رفیع آباد ُک ڈاکہٕ وول چھُ سٲرٕسٕے محنتی تہٕ ایماندار ۔ اِتھس ڈاکہٕ وألی سٕنٛدِ باپتھ اوس سون علاقہٕ ترسان کیٛاز کہِ سُہ چھُ ہمیشہٕ پننٕز ڈیوٹی ایماندأری سان انجام دوان ۔ڈاک بأگراوِنس دوران چھُ سُہ پرٛتھ اَکِس سٟتؠ خوش اخلاقی سان کتھ کران ۔ سُہ چھُ تِمن لُکن چِٹھی پٔرتھ تہِ دِوان یِم نہٕ پٔرتھ چھِ ہیکان ۔تِمسنٛز کامہِ سٟتؠ چھِ لُکھ سٲرٕسٕے مطمین تہٕ خوش ۔لہٰذا گُزارش چھےٚ تُہہِ سانہِ طرفہٕ شُکریہ تہٕ ییٚمہ گوڈنہٕ سُہ فی الحال یِمہِ علاقہٕ منٛز ڈالنہٕ یِن ۔ییٚہ آسہِ تُہنٛز مہربأنی لُکن پیٹھ ۔

عرض نیاز

محلّہٕ کمیٹی

سوال نمبر۴: یِمن موضوعن متعلق لیکھِو مضموٗن ۔

ا۔ڈاکہٕ وول　۲۔میٲنٛز موج

## ''ڈاکہٕ وول''

ڈاکخانس منٛز چھِ واریاہ ملاز م آسان۔ تِمو منٛز چھُ اکھ مُلازم یُمِس ڈاکہٕ وول وَنان چھِ۔ ٲمی سٕنٛز کٲم چھےٚ واریاہ اہمیتھ تھاوان۔ ٲمِس چھِ زٕ کامہِ مٹہِ آسان۔ اکھ کٲم چھَس ڈاک خانس منٛز چِٹھِن کانٛٹ چھانٛٹ کرُن تہٕ بیٚاکھ پتہٕ پنہٕ نَس علاقس منٛز بٲگراونہِ۔ ٲمِس چھےٚ خٲکی وردی آسان۔ یہٕ چھُ زیادٕ پہن سائیکل استعمال کران

ڈاکہٕ وول چھُ پرٛتھ اَکس گرس تل چِٹھی، پارسل تہٕ منی آڈر چہِ روپیہ واتناوان۔ یہٕ چھُ کانٛسہِ رٕ ژٕ خبر تہٕ کانٛسہِ برٕ خبرانان۔ ٲمِس چھُ تنخواہ سٮ۪ٹھاہ کم آسان۔ یمہِ کنٛہ یہٕ پنٛنہٕ زندگی سادگی سان گزاران چھِ۔ ٲمِس چھُنہٕ ملاز متہٕ وغٲر کانٛہہ تہِ سہارٕ مگر تو تہِ چھُنہٕ اَتھ ستؠ نا انصٲفی ورتاوان۔ ڈاکہٕ وول چھُ سُہ بروٗسہِ منٛد اِنسان یُمِس پٮ۪ٹھ بھروسہٕ کرِتھے ڈاک حوالہٕ کرنہٕ یوان چھُ۔ ڈاکہٕ وول چھُ ہمدرد تہٕ رفیق دوستہٕ سٕندی پٲٹھی اکارٕ بکارٕ یوان سانہِ علاقُک ڈاکہٕ وول رام لعل تہِ چھُ ہمدرد تہٕ رفیق دوستہٕ سٕندی پٲٹھی اَسہِ سارنٕے اکارٕ بکارٕ یوان۔ ڈیوٹی ہُنٛد پابنٛد چھُ تہٕ خوش اسلوٗبی سان چھِ پنٛنہٕ فرائِض انجام دِوان۔ سانہِ علاقٕکی سٲری لُکھ چھِ ٲمِس سٮ۪ٹھاہ پسنٛد کران۔

## ''میٲنٛز موج''

دُنیاہس منٛز اگر کانٛہہ ہمدرد، رفیق تہٕ شفیق انسان ہیکہِ ٲستھ سو چھےٚ صِرف موج آسان۔ توٚے چھِ ٲمِس شٲہج بوٗنی تہِ وَنان۔ موج چھےٚ سارِوٕے کھوتہٕ سرٕ یُہُل رشتہٕ یُس انسانس بغٲر کُنہِ لالچہٕ پٔنُن زُوتام آیتَن تھاوان چھِ۔ سارنٕے چھِ ماجہِ امہِ لحاظٕ ہشے آسان کانٛسہِ چَھنہٕ پنٛنہٕ موج کانٛہہ پرٕگی تھاوان۔

موجی چھےٚ سو نعمت یُس اَصل بچہٕ سٕندِ خٲطرٕ سٮ۪ٹھاہ تکلیف ژلان نون رٮ۪تَن یٔڈ منٛز للہٕ وِتھ یٮ۪لہِ جنم دِوان چھُس تہٕ لتہِ پتہٕ رِچھنَس منٛز کُمن مُشکلاتَن ہُنٛد چھُ ٲمِس پیوان مقابلہٕ کرُن ٲسی

ہسکونہٕ کانٛہہ اندازلگاوِتھ۔

میٲنۍ موج چھےٚ میانہِ خٲطرٕ شفیق زٕ ری یہِ سُو چھےٚ دودتہٕ دلنہٕ رچھان۔سو چھےٚ مےٚ کھیاوان تہٕ چاوان، محبت ورتاوان، سکوٗل گژھنہٕ خٲطرٕ تیار کران، پلو چھلان، بِستر تژٕ اوان تہٕ ٹُلان، میٚانہِ ارمانٛک پژٕ ہتھ وقتہٕ خیال تھاوان۔اگر کُنہِ ساتہٕ مےٚ طبیعت ٹھیک آسان چھُنہٕ سو چھےٚ دوہَس راتس بےقرار آسان رٲتی راتس بیدار روزان تہٕ وُنِنٛدُر کران۔اگر مےٚ سکوٗل یِنَس منٛز ژیر گژھان چھُ سو چھےٚ بےقرار سپدان تہٕ آسان درواز سے کُن وُچھان۔باضے چھےٚ آسان سرٕکہِ پیٹھ پژٕاران۔پٔزۍ پأٹھۍ چھِ موج اکھ گنٛجِہ بے بہار۔توے چھُ سأنۍ ٹأٹھۍ نبین صلی اللہ علیہ وسلم فرمومُت زِ ''جنّت چھُ ماجہِ ہنٛدٕ ین کھورن تل''۔

سوال نمبر۵:نظمہِ ہٕنٛدِس ژوٗرِمس بندس کُرِو وہژھنَے۔

رِکتھ پأٹھۍ آو یوت تِمن صبرے
موٗجتہٕ ہنٛزٕ کونہٕ پرژھے خبرے
کونہٕ سوٗزکھ فضہِ نٔج گانے
روز دما بوز اَفسانے

ج۔ یتھ بنٛدس منٛز چھ مرج ''ڈاکہٕ وأرِلس'' ونان زِ پنجاب گٲمتین تِہندٕ ین شُرٕ ین رِکتھ کُنٛز آو یوٗت صبر تہٕ واریاہ کال گذرنہٕ پتہٕ تہٕ آیہِ نہٕ تِم گرٕ بێیہ چَھس پژٕ ژھان زِ تِمو ماسوٗ ز فضہِ خٲطرٕ نٔج گانہٕ۔

# DIALOGUE WRITING → مکالمہ

ڈاکٹرس تہٕ بیمارس درمیان گفتگو کانٛہہ کتھ باتھ۔

بیمار: اسلام علیکم ڈاکٹر صاحب۔

ڈاکٹر: وعلیکم اسلام۔ کیا ڈلیل چھےٚ۔

بیمار: ڈاکٹر صاحب مےٚ خفس اچھو دود۔

ڈاکٹر: کتنھ۔

بیمار: تر۔

ڈاکٹر: تر کیا تکلیف چھُو۔

بیمار: ڈاکٹر صاحب مےٚ خفس گٔیبہِ اوتر ہس۔

ڈاکٹر: اتھ گوٗو X-RAY کرُن تام چھُو کھیوٗن یہ دوا۔

بیمار: ڈاکٹر صاحب X-RAY گرِتھ یمہ خفس یوٗری۔

ڈاکٹر: آ۔

بیمار: اِدخفس جناب شُکریہ۔

# اخبأری رپوٹھ

کأشرِ زبأنی منز تہٕ درائے باقٕے زبانَن ہندی پأٹھی اخبار اگرچہ یِہُند تید ادکم اوس مگر یمولؤ کو اتھ کامہِ منز حصہٕ نیو کأشر پُے روزِ ہمیشہ ہمیشہ تِہُند یہ احسان محسوٗس کران۔ کأشرِ اخبارن منز تہٕ چھِ رپوٹھ باقٕے زبأنَن ہندِ اخبارنٕے ہندی پأٹھی لیکھنہٕ یوان۔ اخبأری رپوٹھن منز چھِ کینژن چیزن ہُند خیال تھاوُن ضروری۔

(۱) سُرخی یا ہیڈ لاین: یہ چھُ رپوٹھُک مرکزی خیال کینژن لفظن منز آسان تہٕ چھُ رپوٹھس پیٹھ کنہِ لیکھنہٕ یوان۔

(۲) تاریخ: یعنے کمہ دوہہ چھُ کانٛہہ مخصوص رپوٹھ لیکھنہٕ یوان۔

(۳) جایہِ ہُند ناو: رپوٹھ کمہ جایہِ پیٹھ چھُ دنہٕ یوان یا واتہٕ کتھ جایہِ چھُ سپد یومُت یتھ متلق رپوٹھ آسہِ۔

(۴) صحافی یا رپوٹھ دِنہٕ وألی سُند ناو: یعنے کُنہِ مخصوص اخبأری نمایندِ سُند ناو یُس رپوٹھ دِوان چھُ۔

(۵) واقہٕ ہُک مکمل تفصیل: اتھ منز چھ یسلہٕ پأٹھی ذکر کرنہٕ یوان زِ رپوٹھ یتھ واقعس یا پروگرامس متلق دنہٕ یوان چھ تہٕ کیاہ گو کیا زِ گو، کمی کور، نتیجہ وغیرہ کیا دژ او یہ سأرے تفصیل چھ یوان رپوٹھس منز دنہٕ یوان۔ مثال پأٹھی چھِ بوٗنہٕ کُنہِ پرن والیٚن خأطرِ کینٛہہ رپوٹھ دنہٕ یوان۔



## (۴) سڑکہٕ تعمیر کرنہٕ کس منصوبس حتمی شکل

داہ کرورروپیہِ ہٕن یوٚہس خرچ کرنہ، جاوید احمد

۲۲ جولائی/ بارہمولہ/ شاہد شاہ/ یوٚہس مألی وریس دوران یِن کشیرِ ہٕنٛز وادی منٛز مختلف سڑک پروجیکٹن پیٹھ داہ کرورروپیہِ خرچ کرنہِ، امہِ کتھِ ہُنٛد اعلان کوٚر وزیرِ مملکت جناب جاوید احمدن راتھ وورمُلہِ أکس بڈِس عوٲمی اجتماعس خطاب کرنس دوران۔

# شُرکی

شیخ العالمؒ نِن بأتن چھ شُرکی ونان تِکیا زِ تِمی سُند پر تھ کانہہ بأتھ اوس فِکرِ تہٕ وِچارٕ بٲپتھ اکھ مسلہٕ پیش کران۔ شیچہ شُرکی چھِ اکہِ پاسہٕ واحدأنیتکی زأوجار پیش کران تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ دوہدِشچہ زندگی ہندِ ہن عام پزرن ہنز باوتھ کران۔ موضوٗعی نوٗرِ تہٕ بہٕز رٔنگی چھِ شیچہ شُرکی طرحدار۔ شُرکین ہُند مرکزی تصوُر چھُ واحدأنیت۔ شُرکین منز چھُ محسوس گژھان زِ پرتھ رنگس تہٕ رِپھس پتہٕ کنہِ چھُ موٗتچ تخریب کأری رقص کران۔ شُرکین ہنز بیاکھ خصوصیت چھِ زِ یِمن منز استعمال سپدی ہتی تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھِ معروف تہٕ چھ دوہ دِشچہ زندگی منز درینٹھ گژھان۔ شُرکین منز چھِ طرٕچ تہٕ ایرٕنی ہنز زیر یِں لہرتہٕ درینٹھ گژھان۔